گوڈنیُک اشاعت : 2004ء

تعداد : 500

کمپوزِنگ : شفیع شوق

سرورق : شفیع شوق

قیمت : ترٗے ہَتھ روپیہِ (Rs.300.00)

ناشر : این اینڈ ایس پبلِکیشنز

سَنی ہائیٹس، بٹہٕ پورہ، نسیم باغ، سرینگر :190006

# ترتیب

x

# پٔننۍ کَتھ

تھوسہِ تھوسہِ شٲمین تہٕ ژھوٚپۍ مضراب

سٲمرغس پدٕ پدٕ پکھٕ دزنُک حال وُنن

نبہٕ کیٚنٛگر یۆ پیٹھۍ وَتہٕ ڈوٚپھن تام شینہٕ تھوسین ہُند جنٛڈٕ لہراو

ژھوپہِ ہنٛدۍ رمزٕ، باوٕژَ گتی

تجریدن، تمثیلن دوٚرژھ

کِسرِ بٔنس پھٔر اندری گیٚنزٕ

ژُجہِ وٕہرأ دِتھ سیمرغس نٔش ہے بنگہٕ ژیٚتھ

پاسینہِ، ساوینہِ، اژھٕ رَژھٕ......سار یٚیے زَزبجہِ

برٲٹھتھ بند گُٹھِ......اسان......ژوسان

سوٗنٛہری شہرن سوٗرسپُد

استاں ڈیڈین شال وُنگان

رٕتجن نظرَن منزٕ وُزراوُن سُم تہٕ تار!

# سأددِیدٕ ہنز دیٚن گنٛذ آری

سأ ددیٖد کھٔرٕ ہرٕ چھےٚ دوہدِش پأٹھی پھوچہِ کنِ

بنکرس نِش بَر برُزِس نِش نِکی تہٕ بڈٔی

شام گوو

''شی !!

تِتھ نہٕ پرٛژھہٕ ہَم کوٚت گیٔی تِم نِکی تہٕ بڈٔی

وِلجہِ پیٹھ چِھم تریٚن گندرَن ہندی پلَو

زِٕ نیا یگھ ترےٚ وٕری برونہہ

پرِٛژھنہِ کیٚہتام.................ژیرِ گوکھ!

أکی مےٚ تھٔونَم سَتھ تیَچ

سٕمینہ دأرتھ بانہٕ دژاو

ہُہ......؟ ہُکیا چھُس چلمہِ وُنہِ تیوٚنگُل وُہان

گاڈھ وۆتھ،

ٹاس گوو،

چھگ لٔج ،......آونہٕ

بأے دَگ ہیٚتھ زیبہٕ ،مریم

دژ ایہِ رۆٹھم اندمزار

مےٚ چھِ سأری بروٚنٹھٕ کنہٕ

لبہِ دۆپنم: أسی تہنز گَتھ گَتھ پھِر وے

تالوَن دۆپنم : ہتَے رٕوٹھکھ کٕمس؟

شُری چھِ شُری لأزی کران

شاند چھُم ہُمی ہٕندی مدٕری کھر وکھ بوز ناوان

# غزل

ڈُوچُر دِوان ووپر سڑکہِ ، پیٚوو ، تہٕ مۆد، بچور
ہوٚکھس کُلِس چھِ بہِتھ دوٗرِ کاو ، گانٹہٕ زٕ ژور

یوٚتاں نہٕ مانہِ شہر سون ژھوپہِ دہن پٕنُن
نجات ژھارِ ہُنس منز ، توٚتام وولہِ یہِ شور

اساں گِنداں پیٚتکہِ شُری جوان از تہِ......مگر
قدیم کالٕکی قبیلُک رسٕمہٕ باسہِ ژوپور

اپارِ کُٹھِ شبس بزم روٗز سحرس تام
یپارِ میون گُنٛیر ہُن ، ہُنیو، توٚر نہٕ اپور

ہہُ پھرٕس تھِر، یہِ میٖنار، بام ، یا یہِ سکوٗل
لیٚکھِتھ چھُما زِ کتھٕین بیٚہیہِ گانٹہٕ بیأر بےٚ ڈور

تمام رِشتہٕ یمَے اۄبرٕ لٔنگی ہواوس پیٹھ
أتی سمِتھ تہٕ أتی چھکنہٕ آے اور نہٕ یور

سہُ پوش یُس چھُ پھولاں وُپہٕ بالہٕ کھنگرن پیٹھ
گٔہنز تہِ پوش پرٛیُٚم نہٕ فقط سہٕ پوش مےٚ ژھور

لۆبُے نہٕ ییٚلہِ دِوُر کانہہ تہٕ پۆزِ کیُتھ پانَے
یہِ واوِ ہال پُٹن شہَہ پۆزٕنس کیُتھ ژور

یوان شوٗق برٕژھِتھ اوس دارِ بٔری پھِری پھِری
رٔٹِتھ سہُ ہیوٚک نہٕ رٕتٕین ستیٚ زانہہ تہِ جاے، کوکور!

8 فروری، 03ء

# وِہی

O

نل تہٕ نگھ سۄرِتھ

تہٕ پھرکہٕ ہۆت بےٚ قرار

بند کمرس منزتہِ پیکارس لٲگِتھ

کۄر زَن برٕ ژایہِ دۆپنم

"یِہمہ، دِمےٚ شانن ژےٚ موٗڑھ"

O

ژھۆپ دۆپ انہرارَے ہٹہِ دراہٕ

زَن مٲٹھےٚ یہِ...... تہٕ

چارسوٕیَس وۆتھ سورنیہِ گرز

سأری بند دروازٕ تہٕ سارنیٚ دارِژ و پاسےٚ ہٕ رنہٕ آے

O

دۄر اند گامہٕ بے صدا وَتہٕ پوٚ

ہرد گُتجار، داتھری داتھر

دہرٕ وایان وِسان کھِندان پکان

خوش تہٕ خوشحال نِکی تہٕ بُڈی سأری

حُبہٕ سان آیہِ رنگہٕ ریُو ڈیشِتھ

بہٕ تہِ بوٚستۄرٕ منزٕ کڈان زۄدُس

رنگ برنگی چیز بأ گرِم سأری

O

رَبہِ ژھوٚلِس منز موٚشمُت ،لتہٕ مونجہِ گومُت

سوٚکھُل مو گُل بہٕ دِوُر

تُلہَس ، چھوٚلہس

دو ہے چھِم دودٕ چھلان تہٕ پوشہِ ورشُن کران

وول چھُس رسہٕ رسہٕ پنُن دیوٕتی وَٹُسٹ زانان

تہٕ یہندیٚن پاپن پیٹھ اندٕ ری أندٕ ری اسان

# گٔن

''جاے أَسس تہٕ یِکیا آے، سمیے، زَن گٔنی اوس نہٕ کانہہ
بَس یِمے وضع رچھان وأنس کڈٕن
گوٚ ژھ نہٕ لِس کانہہ تہٕ دپُن زانہٕ نہٕ پوٚ ژھ کیاہ گو
پٔژھی کُٹھ ژایہِ، نظر گژھ نہٕ اندر گُن روزٕنی
کوٚر نوش، موج چھےٚ گرَس منز آسأنی
پٔژھی سُندُ ے اوس تِمس ظن زِ ووپر
درٕ منہٕ پیٹھی گوٚ ژھ نہٕ پکُن
رکِھنہٕ چہِ دارِ پیٹھےٚ نظرِ ژٕٹھ آنگن بَر
مُچھ تہٕ زٕ روِ ہے نہٕ، اَتھَس کیٖتھ وَہرِیُن
مرمرٕ وفرش تہٕ قالین رٕٹُن داغ گوٚ ژھُس نہٕ
پٔژھی ہےَ یِن تہٕ دپَن 'اِ کوٚ رُن حاصِل کیٚنہہ'
میون سرتاج، تہٕند یار، مےٚ کیٖتھ
ساس سامانہٕ گرِتھ، پیٚڑ یہِ بڈٕ لرترٕ آوِتھ گوو''
سوٚ چھےٚ گٔن چھُ رٕٹُن، گٔن چھُ مکانٕچ بُنیاد

13 جون، 2002ء

# غزل

یُس تہِ دوہ کھوٚت سہٕ پُٔتُیم دوہ گُذارُن زانَو
اِدٕ دُپہٕ بالہٕ کھوتٕین پوٚر بساوُن زانَو

گرٛنی تہٕ ترٛاس، ہٕیتھے، کرٛاپھ ژٕسَن آے، ترٛسُن
یُس تہِ ووتھٕ واش أچھن درٛینٹھِ تہِ سوٕہرُن زانَو

گوپھِ منز ساد دِپان: سوٚن چھُ پورب پچھم
اسہِ پٕدی شایہِ پٕتھری باتھ، تہٕ جایُن زانَو

سوے رٕنج دِے تہٕ سُے بیالہِ بٔنیٖر دٕہ برایان
از پھسُن گوو یہِ پگہہ تام تہِ موکلُن زانَو

زٕے قدم دٗر چھُھم تۄتہٕ نہٕ بوزَکھ آلو
چھا پدٕین تَل تہِ زمین تۄتہِ یہِ آسُن زانَو

اَڈ قدٕے لۄکھ گرٛھَن برونٛٹھٕ تہٕ پَتھ گُن آسنٕ
بَس اٰتی کاڈ کڈُن پان کڈُن نُن زانَو

اُکلی ، زٲری ، چاٲری ، تہٕ پھُٹھرٕ ستی یۄتامَتھ آسَن
بوٚلنس واد دِمو ، پان چھُکاوُن زانِو

تاپہٕ نپہٕ ناو لوٗک ، ناو تہٕ شُہرت سوٗرے
روزٕوُن یێتہِ اگر کێنٛہہ تہِ راوُن زانَو

سہٕ تہِ کرتام گێوِتھ اوس صُبح نٔیندرِ تُلان
شوٚق از یٔوت ونان تیوٚت سہٕ وُنلُن زانَو

# ترانٕژھ

الوند بالہٕ کھنگرٕ و منزٕ

آو سیمٕژ بجہ وَتہٕ

رٕنیمٕژ زٕوٗنہٕ ہندس زرد گاشس منز

سۆت بتہٕ زٲلتھ سیاہ سبز شکتی مانٕن ہنز کٕنی ہو ہراے

پٕنٕن دٕہ یٕتھ گٕنٛین ونن منز

شٕر پان

کونگہٕ وٕڑٕ ریپارٕ

پرٲنی افسانہٕ ییٹھان

ٹُلہٕ کترٕ پٹین منزٕ شٹھٕ پیٚتہٕ تحریر نقش

اچھہ لبنٕن پیٹھ اژھیٚڑ میو.......تہٕ

أچھن سورمہ، مائنزاتھن تہٕ کھورن تہٕ

پگہہ دوہلہٕ چھُکھ بکارٕین

O

أندٕر، کُٹھِس منز بیمارس سوال سنیمتی

پھٹا کھٕ کر اے چھا زوراور

کِنہٕ شِٹھناوٕوٕنی ٕترٕ؟

گتھ درجس پیٔٹھ چھُ آدٕمی موٚر

وُہٕتھ گرٕشھان؟

گتھ درجس پیٔٹھ ہکرِتھ

ہوژنہٕ نِشہِ نجات لبان؟

17 نومبر، 2001ء

# گرٛد

نبہٕ وونتہٕ پیٹھٕ وُدی اَچھ زٕ
زَچَل پکھن ہندی آیری گتھ
ہَج تو نتھ تہٕ ننگہٕ گردن

تہٕ بوچھٕ

تہٕ ہُش مُش تھپہٕ
پڑ کرٕ ژ ہنزٕ وو پزیہٕ ہُند گوڈنیک واژکھ
کُنہٕ کھُلہٕ ڈُ لہٕ لامنہٕ اڈوٕ نس پیٹھ
پان ؤہرأ وِتھ روزٕ ہے آیُت
نبہٕ کیٛن زٕ ژٕ زالن منز رأوِتھ
پرٕ ہا چون یہٕ واژکھ
تہٕ سرٕ ہا پتھرٕ ؤتھِتھ
چانیو زَچَل پکھو ستی
نیلہٕ نبک نے وونژر

24 جلے، 2001ء

# دوکھِ لَد مسخرِ

تیّوت وڑِ ہا، تیوٗت ہاڑ ہا اوٚش...... زِ

زیچھِ ہو کھیہِ پتہِ پھٹِہ ہے دا وٗک

پیتہِ کا پچ اأانز یہِ گرد ہمہِ ہے

تہِ پھراٹل پُتھرِس وٗزِ ہن ئوی کانج تہِ ولہِ ہنس

تہِ ہوہس تیلہِ ہے میٔڑِ ہنز خوشبوے

ایزیٖن یارَن تہِ ایزیٖن دُشمنن ہُند یہِ ہجوم

یُس کُن زوٚن روٗزِ تھ تہِ تھَلہِ تھلہِ چھُم وٗ چھان

چھُم نہِ وارتھوان

دو کھِ لد مسخرِ چھُس

پانہِ ہے ءستی

کھنگا لہِ تڑاوان

24 جُلَے، 2001ء

# زونہِ راتھ

پاڈی انزل اوبرڈیونگ

زونہِ پڑوِ شولان وار

براندِ سیوٚ دگو پادری ہندِ ٹاورک بڈکیل جلاو

گژکِہ تارکھ نب بوٚرُت

زجہِ مرگہِ یارِ پن چھانان زون

تمہِ ہیوٚر

وار یاہ ہیوٚر

ہونی ہینگس دامنس تل

شینہِ شاٹھک ژھوٚپ پژنن

زتچھِ وتہِ،

کوہہِ مالہِ ترأوِتھ

بون شوالِک دۄرتان

پھٲہلتھ شہار

مندرن، گرجن، مشپدن برٛنگ نوٗرٲنی سوپن
گام کاٗتیاہ، اکھأ رکس نِشہِ دوٗر
مأدأنی علاقن ہندی ییٚمے ژھوٚپی ساد ہوی

ہُنی شاہراہن دوان
گاڈی اکھ......تنہا گاشہِ ٹیوٚک

شہرِ پتہٕ بیٚیہِ شہر، شہرِ پتہٕ بیٚیہِ شہر، پتہٕ
پتہٕ کاٗتیاہ شہر
تَمہِ پتہٕ سہ لُوٕ بہٕ وُن گاشُر شہر
بیٚتہِ چھُم أچھ گاش
شوٚنگِتھ
ہوٚ اسٹل رکس بندکرس منزأ رکس کوٗنس اندر

13 جلے، 2001ء

# پَھٹھ ہاے

کشپ مرِکس یَتھ ڈیٚمبس منز
یوٗر یِم، تہٕ ہورٕ ہُم
ہُمن تہٕ یِمن ہندِس اکھ ساس ؤری پرا ٓنس جنگس
تہٕ بیا کھ ساس ؤری جنگ جاری تھاونہٕ کِس
وعدس درمیان
اکھ کُن تہٕ کیول
نے وَل، نے بل آدِوا ٓسی
نہ
اکھ ساس ؤہری ینہٕ وول ؤدا ٓسی نابغہ
پننِس ووہوَس
اثر نیرنس پژاران

21 فروری، 2001ء

# بۄ کتہِ چھُس

دۄر أ ِکس وۄ پرشہرس منز

ریٹنگ سوُرے خرچہِ موکلِتھ

منی آرڈرس پراران پنٕنۍ کۄر

ہواسٹلُک اڑپوک بتہٕ تہٕ دالہِ رس کھیٚنہٕ موکھ مجبۄر

دۄرأ ِکس وأناکھ بجلی رۄس گامس منز

پنٕن مائلس بجا بوے

پننہِ آرتھرائٹس لد آشنہِ تہٕ پانس کیٚتھ

رنان تہٕ پاکوان

اندرٕ پننس گُٹھس منز

پنٕنۍ نکھٕ ڈکھٕ آشیٚنۍ ............ ہوچھِ ژاسہِ ستی کھمان

بۄ ییٚمہِ شِشرٕ شامہٕ

سرکاری مکانہِ کِس براندس پیٹھ

تمأ کی دٕنگ ژھرشرٕ وپراوان

31 دسمبر 2000ء

# مائلہ سنز کوٚر

بار بی ہنز ٹُجہِ اَسوٕنہِ ٹیڈی سنزن وٕہرِ تھ ٹُجن گُن

تہٕ نچہِ نچہِ ژرِ جالہِ دارِ الأنز

میزٕ شیشس پیٹھ پِنگ پانگ پیٚند رٕہتھ

اما سائنی تھمبلینا کوٚت گےٚ؟

تھمبلینا چھےٚ دوٗر ووٗپر شہرس منز

ووٗپر لُکن ہندین ہجومن منز

پانہٕ پنٕنی وَتھ شیران

ییٚتہِ تعلیم - ترقی ہُندا کھ ژلہٕ وُن تاپہٕ ٹیوٚک

سأری تماشہِ

مشراوناوان چھُ

24 دسمبر، 2000ء

# اکھ وٚوب آسمان

پرانہٕ کانیمتہٕ کیر ئیک گٹہٕ زٕول
أندٕ پکھی آو سیمٕن لبن ہنزن ڈٕ رزن ترونٛین منز
تہٕ ژٕ کی کھر ارن منز..........پٔنٕن ہُنٛز واس سران

یہِ کیاہ سپُد !
گاشہٕ لتھاہ اکھ......أوِج......زأوِج......اَژھیٹ
بےٚ شونکی پأٹھی امہِ کِس أندٕ حأرتس وُزناوان

أچھ زٕ......تہٕ اکھ وٚوب آسمان
أتی رُدٕ ہارنجہِ ہُند کاڈ......أتی پوٚت زوٗنہِ متُن
أتی ہاج پکھہِ ہُند وُ پھوار......أتی اوٚبرس واوٕچ دوٗنس
نیٖلس زٕ ژٕ پردس پیٹھ ژھدٕ روٚس بدلوٕنی منظر
ہُنٛز واس سرِ وِنس گٹہٕ زٕلس منزنہ سورٕ وُن کرٛیشن

# سومٔژجھ وِز

کاش تَتھ وِزِ کن آسٕنۍ، دَپہٕ ہس بوز!

کاش تَتھ وِزِ أچھ آسنہِ، دپہٕ ہس وُچھ!

کاش تَتھ وِزِ کھور آسٕنۍ، دَپہٕ ہس پکھ!

گنہٕ پیٹھٕ چھُس یَتھ پھرٲٹِل بُرس تَل پناہ رِتھ

نہ کانہہ سوکھ ...... نہ سوٕچھ یاداوأری

رۄدہے کیٚنہہ

تہِ چھُ پنہِ ہوژ نُک ہیٚتھےٕ احساس

تہٕ سرٛ ونگہِ ہُند ژمہٕ وُن باڈَو

سرٛ نِس کانیمتِس کرٛیرِس منز

زٕلرۍ زأج وٚولمُت پۄت زوٗنہٕ گَہہ

شہرِ چہِ شورٕ بُزۍ پارکہِ منز

لیٚنِن ہٕندِس پوتلِس ژھایہِ

یاونُک مس بأگراوَن والیٚن ہُند مژر وُچھِتھ

ژھرٛین خابن ہُند وانیُت کرن والیٛن وۄہوٗم

پھٹُمت ژھۄر کھۄچ

پیٖران ملرن پیٛٹھ

پگہہ میانیٛن توتھن ہنٛز طنابہٕ ژَٹھ

چھکٕراوٗم

زرد تاپس منٛز

یُتھ زِ ہرِد پھٲپن پیٛمہٕ

ہوٕژ

تہٕ بۄنیہِ یمہٕ چھکرنہٕ

تہٕ گُنہِ دوہہٕ

روٗدِ وٲنِس ستی پیٖروٕستھ

سۄدرٕ ژٲکِس تَل وٲتِتھ

گُنہِ تَہہ دار بالس منٛزٲ زِتھ

پژاوِ سوکھ

10 اکتوبر، 2000ء

# نتہٕ کیاہ کرٕ

تہٕ پتہٕ
ییٚلہِ بچھتھ، لتھناٲوِتھ،
تھٕکِتھ دُبنگہٕ پیٚوان چھُم
راٲ سَے چھُس نکھہٕ گُرشِتھ
پنجن ہندی نوکھَل نم صاف کران
رَتہٕ برِتھی چاٹھی والن بُتھ لاگان
تہٕ کن دِتھ بوزان تٕسندی       تُٹُٹُر شہہ
اوٚنگجہِ ٹیٚنڈیٚو چھُس پشِلیِ شہلنٕ لَد پَر پھِران
تہٕ چھُس پڑاران
کر ووتھِ

بیٚیہِ ............ تہٕ بیٚیہِ

13 اکتوبر، 2000ء

# قبیلچ رٲتھ

یِہ گوو تُگن پٔنن
ئلہٕ بہٕ چھُس نہٕ عُہدس پیٹھ

سُبُل چھُ مُدیہِ وُچھان یوٚزِ گُن مےٚ سامانس
أمِس چھُ نظرِ اندر سورُے سامنگ ارمان
مےٚ راتھ دوہ چھِ ہیتھےٚ حِس پٔننہٕ ہُشار تھوٕنی
اَدے بہٕ روزٕ سلامت

مےٚ برٕ ونٹھ وأتی صرف ترٕ یےٚ یوٚ تام ازتامَتھ
یِہ جاے پھرٕ یٕمگر درایہِ نہٕ تٔمن کأنسی
بےٚ ناو اتھٕ پھرِکھ
زنتہٕ أسی یِ نہٕ تٔم
تٔمن یِہ اوس پٔنن لوٗن ، مےٚ کیاہ

وُدآسی روڑ کوِ!
مےٚ نَٹھ تۂ آسہِ کمچ!

نہ مول بوے پنُن
نہ موج مائےٚ پنٔز
سُبُل کپآری پنُن؟

بُنم ہُپآری لگُتھ چآری پھیآری کارس ءستر
سُبُل یہِ تام نَمن پتَھ
سٹار کھارَن ہیوٚر
بۂ کھوڑ کیاز یمن؟

22 ستمبر، 2000ء

# بأتھ اَگیوٚو

O

بہٕ کاش بأتھ اَکوے تیُتھ وَنُن زِ یُس بوٗ زِتھ

دَ پَن وناوٕ دٕلِس تَل چھِ داستان دَم دِتھ

سہٕ بأتھ یتھ نہٕ کہنٕز ہانٛژھ ریٖژ وَرتاوِ چ

سہٕ بأتھ یتھ زبان آسہِ میأنٕز ، میأنٕز زبان

O

پٔنٕز چھِ غَم ، پٔنُن سوکھ

پٔنٕز امارٕ وُتَل

سہٕ بأتھ پالہِ تہٕ أیٖن کیازِ ، پَتھ تہٕ گُہنٛد

زلُر دِوان پٔنٕز پأٹھی داوِ دأرِتھ دٕ م

لکیاتہِ کانہہ.....تہِ نہ معلوٗم

یپأرِ سمیہِ ہگر

لارِہتی چھِ تھامہِ کنُتھ

O

گُنُوے راہ مسافِر

شامہٕ ژھمبرینٔ کیُتھ

بےٚ توژھ گُرس چھُ لمان رزِ

شینہٕ پنتھانوَ

اکأے گاسہٕ گیڈٲہ، لشہِ بوٚد تہٕ تھیلہٕ لدِتھ

وسان شینٔ

کتیٖنٔ کأفہٕ ہوٚت تھکُن ٹوٗٹھیٖس

O

بےٚ نیب خوشکہٕ پتُھرٕ

ہأنگنہِ سفر جأری

نمبل چھےٚ دوٗر

نمبل چھےٚ دوٗر سیٹھاہ

O

کہرٕ لمان چھِ لمس بون

ڈُبألی زأ نپانس

تہٕ پۆت نظرِ تہٕ سنگر پڑٲنی

تہٕ برونٹھٕ......نار چھُ سرٛ ۆن

O

تمہ اٰسی میٹھی، شِہلی، سرد

گاشہِ پٔپۍ تازٕ

نمان اٰس ورَل لٔنڈ

پِلوتہِ اوس نرٛین

O

سہٕ درٛ منہٕ بۆٹھ چھُ تٔتی

سہٕ کاژھٕ پَل چھُ تٔتی

مگر نہٕ ژٕ ے، نہٕ وۄل ہےٕ

ازٕ تتٛین بےٚ پھرٛ یک راوان

مرادِ ٹینکی دِوان ژلوٕنٛین بگھٛین داۓ رِتھ

تمہ آبہٕ بُگھی، اگرٛ ینٛدی

داۓتی سۆ درٕ سأوِس منز

مرادِ ٹینکی گٔلِتھ گِھرِ

سیکہِ شاٹھن شرٛپے

O

مژرزِ ماگہٕ ژھٹہٕ

زوٗنہِ پڑوِ ستیٚ ژلتھ

تھُریوو گژلہٕ زُتنہٕ تام

ژھوٚپ تہٕ دوٚپ حاٲرتھ

بےٚ غم یہِ تاپھ تتیوٚو

تہٕ ترٛوش خموٗشی تہِ حاٲرتچ کوملیےٚ

پتھو یہِ رَب

پتھو یہِ لنٛ

O

یہِ گریشمہٕ دَم

تہٕ کنُےٚ منہٕ موٚنڈ

شبس اندوَند

کنُےٚ برٛمیوٚو

تہٕ وٕہرأژ وانہِ

آنگنک سہٕ کھوڈ ژھاٲرِتھ

دِوان ناد

40

سیٹھاہ دوٗر بےشُمارۂ منن گُن

کھَہَن، سَرَن، تۂ سرٛنٹین نآ گنٹین اندر روٗزِتھ

چھُا کہٕ ہوٚت تمن واپھ

ترٛپھ تۂ چھَپھ

مَتھ مَد

o

سہٕ بُأتھ روٗد اَگیوٚو

ژھوپہٕ کوہہٕ مالہِ أندٕ ری

کھوٕکھری بےٚ گاش کھنٕگری کھرٛا رٕ منزی

وُزان

أنہرا ے

8 فروری، 2002ء

# غزل

گرژھُن تۂ اوس تمِس، گوٚو، گرژھِتھ سۄ آو نۂ زانہہ
سیٹھاہ زمانۂ گرژھِتھ آو آو دژاو نۂ زانہہ

لَبَن ، ژٕلِس چھُ ژٕسان موٗل اندرٕ باچھِ گلاہ
ہُنیو گٹہِ منزٕ ے ، ووگہٕ و وٚبٕ پھبیاو نۂ زانہہ

دَپان نٔبیر دَندیو رۄس، مگر یہِ میون قلاے
چھےٚ کاٹھٕ ہیرٕ بدٔس کانہہ اپور دژاو نۂ زانہہ

سۄ وٕرِ وار ، پٔنٕز ڈار، کھَہہ تٔتی ترٔاوِتھ
شہر وژھاو مگر بال بوٚٹھ لجاو نۂ زانہہ

سو آدِوأسی اَژھیٹ اژہِ رَژھ مےٚ ٲستی پچھُم
سفر اندیٲو مگر ساتھ کانہہ سمیاو نہٕ زانہہ

یہِ جلسہٕ گاہ، یہِ کیا پرٛیتھ أکِس چھُ شوق گُنےٚ
سیٛٹھاہ دوٗر ژٲلتھ بُتھ تہِ ہاو ہاو نہٕ زانہہ!

یہِ کیا رٕڈیوو ؤبوٚدُر چھُ یَتھ نہ تھر تہٕ نہ بُتھ
تنَےٚ چھُ یَنہٕ ہیٛرٕ ایون ، پَتھ ہَمیاو نہٕ زانہہ

ژُپیوٚ ند گرِتھ چھُ یوٗک شاہ، أزیُک چھُ تھارِ ہوٚ تُےٚ
رَیَت چھےٚ جشنہٕ مناوان، یہِ ہِر اندیاو نہٕ زانہہ

یہِ میون ساز تہٕ سامانہٕ کھَیہِ بُزی سپدیوٚو
ؤچھےٚ نہٕ کأنسہِ یکُن، وان ہےَ وَچاو نہٕ زانہہ

27 نومبر، 1999ء

# کیٚو

دَہ قدم پوٚک، تہٕ پوٚکُس
نا لہِ ہُند کیوٚم کُنی ڈٕ نگہِ ڈیلس پیٹھ وٲتتھ پیوٚو
میٚنِکن[1] کارِ وٕگنی

شیشہِ المارِ اندر ژرٛ چہِ لِدتھ
پانژِ پھرِ وَچھِ تھزر بچھِ بجر ہاوِتھ پھیر
تاپہٕ ترٛٲے تہٕ ہوٚکھ تال تہٕ گیٚگ
ڈٕچھنہِ کنی ژھاے تھرِس ، اڈٕ ہناہ وانس اندر
دَہ قدم پوٚک تہٕ پوٚکُس

گُمہٕ بدبویہِ جوان شانہٕ مےٚ چاٹھِس چاٹِتھ
ٹنگہٕ ڈوٚلُمت چھُ بَس پان پھیکین پیٹھ ترٛاوِتھ چھُم
کارِ ہنز ہوسوندر مال سرد نظرِ وُچھتھ ژٕج پانس
وانہٕ بَر داسہٕ شُہُل اوس ہُمِس شَخصس کیُتھ
تالہِ ہُند نوٗن ہَنگو ووٚتھ

وُٹھن گوٚ وسرٛ یہہ ہیُو

دَہ قدم پوٚک تہٕ پوٚگُس

میٚنکِن آسہِ تُتی

کارِ وو گنیار پٔنُن وَچھِ تھزر بچھِ بجر نژناوان

ییٚتہِ نتھ میون پزر

ٹیلِو جنگ یہِ دُکان

لایو چھےٚ تازٕ خبر

چَندر [2] منزٕ دوٗر بین دژ ایہِ تہٕ نیٚبیٔلا [3] آوبدس

کھوورِ پاسہٕ مےٚ چھم ژھاے پٔنٕز سرٛکہِ پیٹھ

نالہِ ہُند کیوٚم

لِکھان آسہِ ٹھکانس لوٚگُمت

دَہ قدم پوٚک تہٕ پوٚگُس

مرٕ تندل رٕکنہٕ نرکایہِ قطارن لاٚ گتھ

گرِ دژ امتی چھِ شکارن ہوٚل چاٚرِتھ

بند درواز زنانن تھاٚوِتھ

نہ تگن ژھَل نہ چھُ کانْہہ وَل

نہ مژھَن بَل حاجت

ہنہِ ہَنہِ کیٚو چھُ لمان

دَ گہِ ہٕتیٚ ژَ کھِ دزان... پانس پانس

دوٚس پرٛیتھ کانٛسہِ پٔننۍ ترٛشہ کھاَرتھ تھاوٕمٕژ

کانٛسہِ نہ ریٚہہ چھےٚ لگان بیٚیہ ٕسنز زانہہ

کرٛ یکھنہ کانٛسہِ کٔنن بیٚیہ ٕسنز واتان

پرٛیتھ اَکِس کاونٛژرُک وٚوب فقط دیٚانس منز

سِلپہِ پیٚٹھ ٹھَپہٕ تہٕ دَسخط لاَرُن

کان لوٚگ سیٚو دتہٕ شِکاَرِس تکنگُ برٛم

اکھ قدم پوٚک تہٕ بہٕ ماٹھس ووٚتُس

12 اگست، 1999ء

# موٚہنُیوٚ یہِ میون بہٕ

موٚہنُیو یہِ میون بہٕ، گُنُے زوٗن ، یہِ گَتھ پلٕیم

کوٚت تام ٲسی پکِتھ شوب سَتھ تھوٕیم

یَتھ جایہِ ڈو پٕنھ ڈیشہِ ٲتی مانڈِ ہے یہِ رَب

کیا کیا سبق پرٕس تہٕ کتٕین کھور یہِ پَتھ رٹٕیم

ژھٕہریوٚو برس نِشی یہِ سکوٗٹر، تہٕ وٕتھی جوان

کوٚسہٕ گَتھ کریٕم ،.......... کِنہٕ کلا ہے اَمِس کلٕیم

چارٕس نکھن یہ بور تہٕ روزس وُپھاں ہوٲے

پاٹھلی لماں لمان اَمِس نَل تہٕ نگھ تھکٕیم

سَتھ بَر اپارِ پٔنہٕ مُراڈک امار چھُم

گوڈ نکہِ برَے دَوان اَمِس تال بُتھ ژھٕنٕیم

ژھارس بہٕ جویبارٕ روانی، کنلی وساو

چھُم تنگ اکھ تلاو اَندرٕ آب اَتھ ہوژٕیم

لوٚمبکھا بُنتھ اپارِ دِہَس ٲسی میلہٕ ہا

روزٕیم یِپارِ تاپہٕ بَٹھی، جایہِ ہَن رٹٕیم

# غزل

نہ چھُ کێنہہ نۆن وُنن نہ پَتھ تھاوُن
توتہٕ کێنہتاں یڑھُن وُنن ،نہ وُنن

دَگ گَس تاں ، کتھٕن تہٕ کأژاہ، رِژھ
باوِ کیاہ ژھۆر خشک یہِ لفظہٕ وُزُن

پرٛیتھ اکھا آو نۆو جہاناہ ہیٛتھ
پرٛیتھ اکھا گۆو وٕٹھ جہان پٮ۪ٹن

اَتھ بێ وأنتس زِسس ڈٕندرووپھر ێیے
درٕ أبجرٕ نظر ہیٛتھے بون گُن

رأوی ہٕتی شُری کشیرِ ہندی ییٚن نہٕ
خاب وُچھمٕتی تہِندی یێتی پَتھ گُن

مول تہٕ بأے مأری ہَس ریٛتھ بڑوٗنہہ
ماجہِ رۄس کوٗر ژایہِ گرٕ پٔژُن

خۄشیہِ سارێے ژٔٹھ تہٕ میٛنتھ آے
غم چھُ غم ، ازلہٕ ابدٕ جأری گُن

نہ مےٚ چھُم سِوی گرٛشان نہ چھُم بڑادان
بَس أتی بڑوٗنٹھٕ کنٛز چھُ دِتھ کھونکھُن

سرٛونگہِ منز دوٗرِ ژھایہِ کیٚنہہ حاصِل
پتہٕ ادِ گاش، گاش بٔنُن

چیکھ گس کٕنٛز زہٕٹھ تٔج دِنٛز اَز
پگَہہ کیٛتھ ناو تٔتھی د وٚپگھ تھاوُن
آدِنٛک لول وارٕ وارٕ گٔنُن
خابہٕ منٛزی خاب، خابہٕ منٛزی راوُن

19 فروری، 99ء

# غزل

رٕنیمٕژ زوٗن را تٕچ نیٚچرَو مٔنزی دژایہِ تاپس منز
شژٕ پیمٕژ اکھ أکِس تَل چھَپنہِ باغٕچہِ ژھایہِ تاپس منز

پشِکی وٕج قطرٕ شینٕچہِ کرٛدنہِ زاءمتی ، زٕ ہٹھ ٹٕپہٕ رارَے
کُنُے بُلبُل کِکر کٔنڈی لنجہِ پیٹھٕ بیٚچرایہِ تاپس منز

سیٚٹھاہ یٔژکالی از پیٚیے یادِ تِم یِم گامہٕ قبرَن شژٕپی
وٕندس کیُتھ آنگنس منز پتجہِ پیٹھٕ بیٚچھایہِ تاپس منز

یہِ اندٕ گُن ژھورمُت اکھ کھۄت تہٕ ماگُک تاپھ میٹھومُت
خموشیہِ بالہٕ جویہِ شوشرایہِ تامَتھ زایہِ تاپس منز

سمیمۍ کاوٕ پنگتھ بونہِ پیٹھ وُنکئین تہِ راوَن وُنی
دماہ بیٚیہِ شیٖنہٕ سنگر ناپنے امہِ آیہِ تاپس منز

تچھان بوٚچھ بژٲر پنجو شیٖنہٕ تلہٕ کِس پالِتھپنس ئلی
تہٕ زوتاں بژارِ بوکتِس أچھ زٕ یوکُن مایہِ تاپس منز

کنَن تل شہہ وُشنی لوٚت لوٚت وناں کوتاہ بہٕ پژاریو سے
زماناہ گوٚو گژھان چھَم تازٕ بیٚیہِ تم رایہِ تاپس منز

اَتھَن کیٖتھ ژونگ زٲلِتھ ژاو گُستامَتھ سیاہ خانس
پناہ اِدٕ منگنہِ آیَم ژوٚرِ روٗزِتھ ژھایہِ تاپس منز

تٔجم نہٕ لاگہٕ نی زانہہ بزم آرائی مےٚ غزلس منز
یواں ونس اندر چھَم بَس یِمے پھسرایہِ تاپس منز

29 جنوری، 1999ء

# یادآسمانن ہِنز

موت:

اَڈ گر مڈٔ گر کَتھ

گستاں وَنوأسی سٔندِ أسہٕ دژ اٛمژ

پیرِ پَتھ پیر یَتھ

پٔتھرِس ڈیکہٕ گگھرأ وِتھ، اتھٕ ہیوٚ رگٕن تلِتھ

منگہٕ منگہٕ کرَن وأ لی، کھوٗژی متی

اربَن ہندی ارب لُکھ

وَکھنَے کران روٗدی

پَد پَدٕ ستی ستی

کھزٕ شرائیل ژھاے

رنگہٕ رِوی سانگ کرا ن، پأ تھر لاگان، ڈُلگنی دِوان

مأنشہِ شہلنی لَد گجرانہِ ہنز بَب

چھِوری شُری سِندِس لالہِ اُسس منز

گوٗہن ہندِ اَستانہٕ برنہٕ ہند

برٛیڈی مُشکہٕ کاٗف

بےٚ گنڈ ژاٹہٕ ہالُک کُنےٚ گیُٛش۔

جنٛکہِ ہاوسہٕ

پرٛزٕر پاسدارس

أچھَن منزٕ ئتج ژھاے۔

نقشس پیٹھ پینسلُک آرٕ

تہٕ کرٛ ؤز مزایلک وٕڈَو

تہٕ مِس لوِنسکیہٕ ووزلٕین وٕٹھَن پیٹھ سفید قطرٕ

گٹہٕ گٲش صُبحہٕ

دارِ شیشس پیٹھ نیٖری

أندری وُشنیرٕ جاے بدلوٕنی

ژٕترٕ اچھَر

کوہ پھرِتھ

سوٚ دُر پاٗزِتھ

کھانکھر، دندٕ ؤٹی، کھاسرِ، کترٕ، پھُچھٕ ناوٕ، کھیہِ لَد کرتلہٕ

تہٕ أتھرِ کھیٚمتۍ ورق تہٕ......

لیکھنہٕ آمتۍ خط

مگر رسمِ خطنہٕ ویوٚد

البم، سَندٕ، آدَن یارٕ سندۍ خط تہٕ باقی ضرۆری کاغذ

صندوقس منز محفوٗظ

لبہِ پیٛٹھ گردِ لَد یادگار فوٹو گرٛافگ کیٚڈل کھیہِ بُزۍ

یِکھ تہٕ

درٛپھ گٲرِتھ وٗسۍ پیٚیہِ

زنتہٕ کَجہِ پیٛٹھٕ پھیٛرَن

زٕلرۍ زالس نہوَنہٕ پھش

کوچہِ بَدرَوَس کھوٚتمُت بُگھ

پننہ زورٕ یَلہٕ گوٚو

ہَنہِ ہَنہِ چارنہٕ آمُت مَتھٕ مَد یِکہٕ وَٹہٕ وۆتھ

پننہٕ پونُپر تاپرۍ ڈٕتھرس پیٛٹھ

گوڈنیُک واش کڈان

ژٕر اٚلِس گوڈنیک ٹُل لاگان

سیتاٚرۍ سازس کیچہِ گسان

تہٕ رُدٕ پھیوٚر

گاسہٕ وٕتھرٕ پیٹھٕ رِکنہِ وٕستھ

مٕولس سزان

پَتھ...... پَتھ اکھ یاد

لبہِ پیٹھ کہِ فوٹو گرٛافک کیٚل تہٕ آسہِ پھُٹتھ آمُت

گُٹھِس پیہِ نوٚو رنگ کرناوُنہٕ

تہٕ اِدٕ...... اِدٕ روزِ باقی

زانہہ نہٕ سورٕ وٕنی

یاد آسمانن ہِنز !

# حاٰفِظِ نغمہٖ

لیٚمی آنچارٕ کھٔنڈ

کانٛڈٕ نوکھ ٹُلِتھ رٕٹن

ٹُوِتھ اٚسَس منز

تہٕ ڈٕچھنہٕ اتھٕ میز ڈٕ ندرِ

پھَش پھَش دِوان پھرُن

زٕ اوی جہِ گردنہِ گلن دِتھ بُتھِ او یزان مَس پتھ گُن

تہٕ نکھٕ اَڑٕ رَژٕ آسَس شوخ اٚچھو جوابس پژاران

''پھِر کیا......! ہَم نے سولو پرفارم کیا

اُس کے سامنے......وہ

وہ ہوتا ہے نا......یار......وہ

حافِظ نغمہ۔''

لوٗلی دیٚدِ آسہٕ آر تھےٚ مُشِتھ گوٚمُت

ڈٕہرِ باجن آسہٕ سازٕ ے ڈوٚلُمُت

تہٕ ووستہٕ آسہٕ دَم پھٕٹ گوٚمُت

تہٕ مےٚ گوٚوگن دِوان بتہٕ میوٚ نڈا اَتھس منز روٗزِتھ

تہٕ میزس پیٚٹھ وٕژھ آبہٕ گلاسس تھرِ تھرِ

"پِھر......؟" بیٚیہِ اکہِ پرٕژھُس کھِکھرِ

"پِھر کیا......پِھر......شِٹ......یار"

اَزتہِ چھُس اندیشن پھیرُ دِتھ

سولوحاٗفِظ نغمہٕ پٕتِم عمل

گاہ بیگاہ لاگان

سولو

## نیب

کُلؠ گوڈَن ہنزِ جایہِ کھوڑِے یأتی پتھ کُن
شَہلنؠ لَد کولہِ منزٕ گُنہِ لِنہِ پلَس تل ژ‍ول تہٕ
خوشک کنٕین ہُند کاژکھ لیٚوی لیٚوی
لُکن زَسمہٕ تھَچرٕ

وأناکھ کٔدلہٕ پیٹھٕ دِژمِرٕ پٔتٕ مہِ کریکہِ ہُند
گرٕز تہٕ سور یومُت

بأندی وانہٕ گرٕنز روٗس ہیرٕ
سارٕینے وٕسی پیٹھ

سوسریمٕ

آلاپہٕ مُدرایہِ: چأری پأتھر
تہٕ چأری پأتھرُک وِسُن:

وَژھَن دِہی لدأچھَن منز ترٕ ہرُن

تٕہ اَتھی منز

ژٕتٕہ بہٕ

ژھاَرِتھ اَنتھ ژَ مٹھیمژَن

درٛ منہٕ کانجن

سرٛ یٚہہ واتناوان

چوٗنے ہیوٚ چھمُت سرپھٕ پاٹھ اوس پوٚز

کٕنکہٕ پھٲلی آسی مزٕ دار

ژٕھن یِم اوٚنجوٗری وٕتھر تہِ ترٛ آوِتھ

تہٕ مُشراوَو

سأری ناو

تہٕ ہیٚچھو

تنہِ ہنز ژھوٚپ بوٗلی

14 جُلٲے، 1998ء

# غزل

یا تارِ کوٹہِ ژھایہِ سہ پڑاراں تھچاو، یا
آیایہِ سرد گاڑی تۂ کوٚت تاں گیاو ، یا

یا آسہِ گٹۂ شَب تۂ ژھوٚرُے آسہِ آسمان
خاموش آسہِ زوٗن تۂ سورُے بےٚ ناو ، یا

یا دژاو بونہِ گہلہِ تۂ پھرس تہرِ پیٚٹھی وُپھیو
یا ژاو قلعہِ بَرنہِ ، یا آو کاو، یا

یا بَر پیٚیو وٗسی تۂ أندری گُٹھی ہیٚژوو شَہہ
یا راتۂ کژیل اوِر أچھَن مَرنۂ آو، یا

یا اوس پَدِ پَدِ سہُ دوٗرِیٔر موژاں موژان
یا ناگہٖ راۂ دوٗر یہِ صحرا ژجاو ، یا

یا لَنجہِ پیٔٹھ گُنوٗے یہِ کوٚستوٗر بولہٖ وُن
یا بالہٖ جویہِ گاسہٖ زژنڈَو تئلِ وساو ، یا

یا بِسمِ اللہ ہَس ٹوٗٹھ مدھُوَنتی ژریٖ تام
یا آبہٖ شور دوسہٖ پَلَس یاد آو ، یا

یا ژٖرنہِ گاشہِ مَندنہِ یَمے بژٔ آنتی ہِوی گُیاے
کرِیٖس یہِ آسمان وُچھاں پھوٚر وَژھاو، یا

یا اَرژنگس پھِران ورق، شعر ، آٔڈھ، نَو
یا گٹہِ منزٖ ژھالیہِ ووتھُن ہیُو ہیٔژاو ، یا

# بیٔب تہٕ بڑٛ انتھ

دوٗنی وزاں ڈِل ڈَ کہٕ ڈَ کہٕ ڈِل

پۆت وَندٕ کالی ژھایہٕ ہلیٔن گُن

وِری کیٛمی مند چھےٕ متی پھۆلی ٕمتی

کرٛ یہنیٔن کِنہٕ پلن ڈِلاسہٕ چھُوُرُن کران

وَنہٕ گِزرُک بَہہ شِنہٕ بالن گُن پیِراں دژاو

دیوارَن موئیٛن أنہراے

انہراین وَ کھنَے سۆژ سۆژ

پَتھ گُن گرٛنز روٗسی بال تہٕ نار

کھرارَن منزٕ سِنی کھرٛار تہٕ کھرٛارَ وتئلی ہو ہراے

O

وَنہٕ وأسی آدِوأسی بَڈٕ مأجی!

گوپھٕ گُلِس پَل تھۆ وَنے دولہٕ تہٕ

تہٕ شامن ہَم ہَم آوُ ے

تازٕ مرگاہ یٛتھ

ژپری تٕہ وُ زنأوِتھ گوٚے

انہِ گَٹہِ وَسہٕ وِٕنی کول

چھانچھ وُ چھِتھ چھاریٚن تَل چھأوِتھ

تِہری لنجن تاں لانپہٕ کھٔسِتھ پوٚپ پوٚپ ژھأرِتھ

پھڑٛانکہٕ تٕہ کیٚوی رَبہِ نَمبلن ژھأرِتھ

بوٕ پچھِ کأسِتھ وُ زنأوِتھ وَپچھِ تل کوثر ناگ

جٔگھی جگھی تاپس

ہٕلی أڑی جن منز تھأوِتھ زنگہٕ زٕ

اَٹہِ اوسُس زَٹھ گٔمژن ماپچھٕری وانکن ستی گِندان

چھاوان آدن سونتہٕ پھُلَے

آرِٕکنیٚن پیٹھ أسی اَکس اَکھ ووڑِ وُ چھان

آبہٕ گرژس ستی ژھوٚپ ژھوٚپ بۄلی

گاسہٕ زرژنڈَن منز چھوٚت چھوٚت تاپھ

گُلی زأِلس پیٹھ ڈِنگجہِ کھٔسِتھ

موکجارک سوکھ

دِلہٕ دُبراین ہنز بےپھرٛ یک لَے

O

ہی آدِوأسی بڈٕ مأجی!

پانڈٕ ومأجی/ کرٛ آجی مأسی!

چانے أچھ چھَم نبہٕ سِزَرن منز

ذُورِ مُدَ ے لأ رگتھ توشان

کالہٕ پگہہ نمناس وَتو

گُن زٕون گُن زٕون زُوٕ زٕٹ ہیٚتھ

شِستر کھَنجہِ ہَن، ہا پَتھ نم، نوٗلہٕ أڈِج، یا

ہہٕ سِزٕ گونٛژھ ہستی تُلِتھ یا

مژھِ تعویز تہٕ اوٚنگجن واجہِ

سیٚند رِپلَن صُبحَے وَرشُن

اَتھٕ رِکھٕ پرٛ زنأوِتھ پرٛ ییٚتھ پوٚد

بُرجن وُچھ وُچھ آشن تَہہ

کاوَس نیچرِس ہارِتہٕ طوطس باشن معنی

گُلی دیوٚس ستیٕ انہری شن نیٚتھر

ناگہٕ بَلہٕ میکھلہِ روٚس گمی تیٚن دودٕ ہیٚڈرن

ڈُہری ڈُہری ماجن ہنز باکھ

شیٚنِہ ریٚتی سور مٲلی زاءگلی پاتالس گیہِ کریکھ:

''ٹامۄزو، ہوٹامۄزو! اسہِ یۄری وولو!

مۄلن وٕتھرَن، آنچن، بیالیٔن

کھسہِ ہے سرِ یٚہہ۔''

رازس تاج تھوٗن کھاسرِ پیٹھ

رنگ، کول، لفظ، تہٕ ریٖژ تہٕ بیٖن

رَتہٕ تپُہ گرٛ کھ......ہپُہ داتھر

ترٛشول، سواستِک، ژٔندر تہٕ تارُکھ،

دژ وت ڈوُگر یا منچھو سکھوٚر

گوپھِ منزلبہِ پیٹھ اٲچھ زِ تہٕ اٲس

اَکھ، سَتھ، نَو، کاہ، ترٛواہ، ژٔویشیتھ

ہارسکوپی پوٗتھی گرٕکھ

سی، ڈی روٗمس پیٹھ محفوظ

گُلی گوگرس منز توتہِ چھِ زوتاں اٲچھ زِ تہٕ دَنٛد

دانٛد چھُ دوہلہِ کولہِ پیٹھ ترٛیشاہ چیٚتھ
گٹہٕ گانس منزِ نگنی نِش واپس واتان
أندرِم تیُپ یٔٹھ اوٚند پوٚکھ سورُ ے نہنا نوان
نیٚبرِم گاشہِ زٕ ژٕ ے نتہٕ باضے
أندرِم کرٛ انکھ چھےٚ گہناوان

چون تہٕ میون یہ خوٛن چھُ یوٚ گہٕ یوٚ گہٕ
یِکوَٹہٕ ژھاران
سوٚ درٕ ژ کیٛک سوکھ
نتہٕ نبہٕ نیٖجر زٕ ژٕ نپہٕ ناو
وُتاولی منز باضے وآرانن ہنز گٔھمبرِ
ہَٹَل پدیٛن ہندِ رَتہٕ شیٚہلے یہِ
باضے ژیٛڈ ہیٛتھ وٕ ٹسی پلَن منز
قرنن ہُند پرٛ ارُن ٹوٹھیوو

O

لُکہٕ گرٛکہِ منزٕ اَندوَنہٕ سۆت ساوِیر
کُٹھی کوٗنس منزٕ نتہٕ بأژو نِشہِ کالُک دوٗرِیر زنمن ہُند

پرٛزنرٛگ رنگ کھاوَل شِٹھنیار نہٕ راس یوان
مُلنیارُک گُتجار گنیر ہنہِ ہنہِ لوٗبیوٚ و

کرٛالہٕ سنگرتہٕ کرٛال کنُے زٕوٚن
سِند مَت نگرٕ کی مدٕ ہٕتی شام تہٕ رنگہٕ رِوٕ روٕتلی یاد گرِتھ
وٕلرِکی وٕتھٕ وٕنی ہمہٕ وٕنی گرٛا تنٛزٕ چھوٗ چھ
پھِری پھِری ویٚہہٕ پھُہر وٕش ترٛ اوان۔

دِلہِ اکہِ دفترٕ
کٲمی تاں صوفس پیٹھ لَر ترٲ وِتھ ڈاگُر کوٚر
اِدٕ وَندٕ ہامہِ چھُ کاوُج تیٚیے ترٛہ
ژینتاسَن اکھ لٲش ہاوان
ترٛہ ساس گندرَن وٚود بیٚنہِ جگریو

اِدٕ ماتم زانہہ پھیرِتھ آے!

پَتھ کالُک پرٛیتھ پاٹھ چھُ آدٕمی رَتہٕ تتہٕ کھَل

وَنہٕ بسکین اَسُرن پِشاچ تہٕ راکھسٕ ناو

سِرٕ یہِ مُکھشِن ہندِ دَرمہٕ یُدُک رَتہٕ کانڈ دوہَے

O

ژھوپہٕ وَنہٕ گنزَرس

وُپھِ کرٛ ہنیار تہٕ پکھٕ زنزراے

دیوارن موٗنٛین أندری انہراے

کھرٛ ارن منز ٲسنی کھرٛ ارتہٕ کھرٛ ارَو تٲلی ہو ہراے

صُبحَے پھولہٕ وِنہِ گاشہِ تہِ از کو ملیومُت شین

ٹینہٕ پشس ہیٛرِ ٹکہٕ پیٛٹھٕ بوٚنی مین

وٕج قطرن ہُند ٹپن ٹپاو

کالہٕ پیٛٹھَے چھُس ژھِدٕ روٗس گوٚب گوٚب شین پیٛوان

وی، سی، آرس پیٛٹھ ہالی وُڈ فلم وُچھِتھ

راتس تھٔکِ مٕتی

شُرٕ مُرٕ پنٛین وُشنین لیفن تل شوٚنگی تھےٕ

کُن زوٚن کافی دامن دانہٕ گُٹھی میٹھیوس
زانگلہِ منز روٕتلی خابن منز گیر ییٚتھن

تَمہِ ؤہراژ نیٚو و سورُ ے کیٚنہہ پانس ستی
زَدَل سہٕ ژھیٚیہِ پَش ویٚسر یومُت
کأنی پیٚٹھ ٹیٚکر ییٚن منزوٚج
سأری بأژ بیٚین منز کلہٕ ییٚتھ۔
(ہاے ووں کانہہ چھنہٕ روے ہاوان)
بہٕ تہِ أکی سنزِ بہہ ٹُلہٕ وِنہِ ژادرِتَل ہے بنگہٕ
میٚرِ ژِٚنین ، یٚکلس ، لا نکن کھوژِتھ شانکان
تمہِ ؤہراژ تہٕ ازوَنہٕ کاںکی سأری پھرٔٹھ
اعصابن منز ہُنی گوپھن ہُند ژھوپہٕ تلواس

O

بیٚیہِ کیٚنہہ بڑنزی یا بیٚیہِ کیٚنہہ دوہ، ریٚتھ ، ؤری
آسیٚم ویٚترُن
اَفتابس دوہدِش کھسہٕ نچ یٚژھی

نارٕ ژٕکھر دِنی دأرِتھ ہیرِ پیٹھٕ بالن بون

ہَر موکھِ تالہٕ کھسُن ڈُلہٕ پَل ڈُلہٕ ناوان ہیوٚر

قدم چھِ اوٚری نہٕ یوٚری پیٚوان

ژٕ چھُنہٕ چھےٚ روٗشتھ کھوٚرزنگ

دِل تہٕ چھُ راوان راوان

رَتھ شریانن اندر تنگ

مشر پھٕ سورُے نہنا ناوان

گَلس اندر چھُم جأری جنگ

وأراں أچھ حأراں حأران

پڑیہِ وُن چھُنہٕ کُنہِ باسان رنگ

مَتھ باضے چھُم مُژ راوان

کرٕ کیاہ ووتھِ نَے نٔیتہٕ سوتھ انگ

O

ہی وَنہٕ وأسی، آدی وأسی بڈٕ مأجی!

چأنی یہِ کول ووٚنی گَرِ کیاہ برونہہ کُن؟

کلونن[1] ما ژٕ وان سورُے بار نگھَن !

تێلہِ تہِ چونُے ڈی، این، اے[2] آسیم داوَوس۔

یۆری یِتے تَم گوٚبِ گوٚبِ، بۄڈٕ بۄڈٕ پۄدٕ ژٕ وان
بێبۄ ہراو تہٕ بێیہِ رٔٹھتم تَتھ سێنس ہتی
پھُچل تہٕ ژٕمٹھے مرِ جۆژٕ ژمہِ ہُند پھَہہ رٹہٕ ہا
کرٕ شێہلُن ژێنتھ دیٛومیون یِہ
تھزرٕکہِ ژھرِرٕ کِ زال ژٔٹتھ بێیہِ وَسہٕ ہا بون
بێیہِ لبہٕ ہا
میٛرِ مُسجار تہٕ گاپچ شێہلَتھ !

6 مارچ، 1998

DNA-2 : clone-1

# ژٕ منہٕ بۆڈھتہٕ ڈلہٕ وُن تاپھ

یاتہٕ اکھ خاب مۆدُر، یاتہٕ برانٕدٕچ گٔنز اکھ، یا

اَرٕونٕس ژٕ منہٕ بُٹھِس تاپھ زرد ڈلہٕ وُن، یا

یاتہٕ پۆت گرٛیشمہٕ رٕچھِتھ وِرٕ چھےٚ باٹھس، یا

یاتہٕ رفتارٕ ہیٛتھے یاد چھِ گاٹرِی ژٕہی کینہہ ، یا

دفترٕ کأم کٔرِتھ

کوچہِ پَتھ کوچہِ نٔژِتھ

بیرِ منٔزی پان لکھِتھ

ژھارِ سرٛ وگ، شۆد تہٕ گُتُل

بسہِ منز پان ژیٛلِتھ

واتہِ ییٛلہِ شام گٔرٕ ھِتھ

ژھارِ بُتھین پیٛٹھ خوشحأ لی

"شامن ہَے وأژِس کامہٕ دِوٕنیٛن بونیٛن تلأے"

ژٕیری اِدٕ راتھ گٔرٕ ھتھ اپُز بناوٕن پزٕرن......دوٕن

ناٚگی رالیس نہ چھُ بلہٕ پۆرنہ سہٕ رِمبہِ آرَے یادِٕ ے

اَزتہِ ساران اَتھوٚ آنہٕ پٔڑس پیٚٹھ کوتر زٕ......مٔنزٕ

پزٕ آٚنی اَکھ رتہِ تھ رٕچھنٕ

تَنہِ وُشنیرٕ پھٕر کھاہ تزٕاوِ

سوٕ کھلی شَہہ زیٹھان چھِس

2 جنوری، 1998ء

# غزل

زنجیر: آفتاب زمین، گتھ تۂ اکھ اسیر
تدبیر: بأندی وانہٕ ییمِ شہہ چھِ زیر زیر

شمشیر، نیزٕ، تیر، تۂ شب خوٗنہٕ توٚت جنوٗن
باۂلِی سروٗدٕ کأف رٕٹِتھ اکھ ز ٚوناہ بےٚ پیر

تقریر: بالہٕ تالہِ زٕلاں تونتہٕ جانور
اِمکان بالہٕ شایہِ پھٹِتھ نیرِ جوٗیہِ شیر

اکھ گُل، مکایہِ کشرِ تۂ ژھاوِج تۂ بہ یکُن
بازأری پیرِ گیر ہکُن بے شرم کشیر

سُہ لَم تہٕ وپر، ژھیٚپہِ پہر، مال دیٖدٕ نہٕ کانہہ
سُہ ووگہٕ، زونہٕ گاش، پٕنچ، تیوٚ نگلہٕ روس جنٛجیر

چاٲرتِھ طناہٕ، کوٚر، کلُک کھوس، بانسہٕ، کوٚر
کُنہٕ زٕنی تماشہِ یا تہٕ تماشےٚ تماشہِ گیر

اکھ خاب اہربلچہِ سونہٲری گاڈِ ہُند:
وَہہٕ وِنی ہیٚنز گرزان، بران بڑاپہِ گُل کشیٖر

پوٚرنَم غزل تہٕ چشمہٕ ٹُلِتھ تھوٚد، منگِن مےٚ داد
تَس کیاہ خبر زِ یورٕ منگان اوس کیاہ فقیٖر

منز یاونک سہٕ ہردِ دوہا شوقہٕ یاد آو
وٲراں جہاتہٕ زنتہٕ ژٔسِتھ آیہِ گُلی فقیٖر

27 جلٲے، 1997ء

# یُپ وٕ سِتھ

ڈٕچھنہِ پاسہٕ سیرِ کھڑ پہٕ منزٕ میٚنٛخ آمٕژ نیری تھے

''سعد اللہ اینڈ سنز''

زیرِ پڑاران

نوٗنہٕ ٹھیلس ،اَڈی ترووڈس پتھ کنُتھ

سُے گگرژھل

بال پئین ،کأپیہِ ،ایم بی ڈی ،کوینڈر......بیترِ

مأژِ سُند فوٹو اَکِتھ کُن شیری تھے

ھٰذا مِن فَضلِ رَبّی

شاہ رُخس اَکہٕ بارِ یٚتھہٕ نٔز مادھری

سعد اللہنہِ جایہٕ تمٕی سُند کأنسہٕ کُتھ

زیٗتھ گیو وکو پوورتژی تھے

یُپ وٕ سِتھ ہۆ چھ کول تہٕ کنہٕ داتھُر وَتَن
کُچھِ شِہلِس گُر ووٕڈٕنی
پرایہِ کوکرِ گاسہٕ بَنہِ پیٹھ

وگو' رۆژمُت کٔدٕ کاکن
بٔیہٕ خبر کم ژور زٔنی
نێندٕ ترٲوِتھ
امہٕ طوطس جاے تھزرس
زٲنہٕ کٔدلہٕ کامہِ ریٚتھ دِتھ
بیالہِ اندرِم گَتھ ونان
"مسلہٕ چھواندنس تیار"

14 مے، 97ء

# شام تہٕ گنٛز زٕئی کوٗر تہٕ بنڈ

بوٚنی بَجہِ سڑکہِ چھِ ہتہٕ بُدی تاوَن:

لوٗکھ تہٕ بِکری، زاگے، ئلی ڈئسی پوٚئسی، آٹوہَن ہندی خدشہِ، تہٕ

ٹریفِک، فُٹ پاتھن ہنزرَب، ژئیلہٕ ژئیل تہٕ......

تھوٚکمُت ژھیوٚ نمُت، ترٛ آوِتھ ژھوٚنمُت گُر، نکہٕ واریوٚ کنز بَہہ

پھوٚنکان، تہٕ......

مفلر کلہٕ پیٚٹھی کھاژِتھ یتھ ننگہٕ تالہِ چھےٚ ژھٹھ پوران، تہٕ......

ٹلہٕ گُلی گوٚگرِ نیٛبر آو نیرِتھ بیارِ بوٚ گُت اکھ، ڈیٚشتھ کاغذ تِلماہ، واوٕلی

گیرِس ستیٚ ژٹان، تہٕ

سنگرَ دوٚ ژھٹہٕ یَکھ گوٚ پکھِ منزانہٕ گٹہِ ویٛٹھان،

آکار بنان، تہٕ......

وۄنِتھ ہُند آب ژھوکیومُت، لۍمبہٕ ہندی داتھر ہیوٚر رُگن کھٕتۍ متۍ،
ڈوٚنپھن لگہِ تُلہٕ کترُک ٹھان، تہٕ

پنجرُک ہاپُت کرِ کیاہ روتلہِ گُن زوٚن؟
دوٚ ہلییٚ کانہہ وُچھنہٕ یوان اوُسس تہٕ
ژرِ پوٚپ وایان، لوٚر ٹھُکاں، یا ژوٚٹ پِلہٕ ناوان، تہٕ......

واپھچِہ مأنہٕ چھےٚ کھرٛ پن ترٛ وۄنَ منز سورُے مُشرِتھ
اۄری بےٚ حرکت زانپہٕ کران، تہٕ......

5 جنوری، 97ء

# غزل

قدم قدم چھُ سفر بون، مگر نظر ہیۆر گُن
موژیوو گاشہِ لیاہ شولہٕ و ۆن شہر ہیۆر گُن

چھِ مُلکہٕ مُلکہٕ تِتھی کوچہِ ، بیرِ ہُتی بازر
اکأے زوٗن نیاں منز نبس مگر ہیۆر گُن

یہِ سَر چھُ آب بتھٔین درمیان، سرٛ ۆن تہٕ یۆرُت
ژٔکس کرِٛ دَن چھےٚ تئلی، پیٚٹھی ملر ملر ہیۆر گُن

گُشادٕ، نیوٗل،موگُل آسماں ییپأرِ، ہُپأرِ
چھُ پھرٛ ستہٕ تیٚہجہِ لماں گُس اندٕرِ مژر ہیۆر گُن

دوٚدُر ژٕہان ؤری واد کیٛوم کھوڈس اندر
زِ ہرِد روچھ بٔنتھ بَس پچھاہ سفر ہیٛور گُن

چھےٚ بوٗنی پتھر، کھورَن تَل چھُ کینٛہہ، ٹِھکانہٕ چھُ کانہہ
وُچھان توتہِ دو ہے آرٕ کوٚت بشر ہیٛور گُن

حیٚسَن دیٚتُے نہٕ رَنزُن کینٛہہ، ہوَس سوتیہِ تِتھَے
دِوان نہٕ سوکھ نہٕ قرارٕ ے ہٕتھے سکھر ہیٛور گُن

بُتَل پٕنٕز چھےٚ پتو درگُذر کراں سوٗرُے
وُپھُن، یہِ دوٗر ژٕلُن سون دربدر ہیٛور گُن

زمانہٕ آسہِ تِتھَے کٕنز یِران ویٚراٹھ وَتو
یہِ شوق آسہِ تِتھَے کٕنز لِکھان نہَر ہیٛور گُن

10اکتوبر،96ء

# غزل

یہِ آوِڑیار ، یہِ بڑٕبار، لاڑٕ لار، یہِ کیاہ
یِکُن یہِ میون ڈ ٚوکھس بانبرُن بیکار ، یہِ کیاہ

نہ پوٚش زِ آیہِ گرٛھیم سِوی، پکھٕش نہ مازِ پھلس
و ٚوتھوٗے اٗس، وَڑھے أچھ، گرِتھ قرار یہِ کیاہ

نہ أنہہ نہ واے، نہ افسوس، ستھ نہ پڑٛاوَن گَل
قدم قدم چھُ پکُن ہیٛتھ نکھن یہِ بار، یہِ کیاہ

سیٚودوٗے صاف شہٕج وَتھ خموش ؤہراٗوِتھ
وُزان تٔلی، سیٹھاہ تٔلی، یہِ شور بے شُمار ، یہ کیاہ

سیٹھاہ سیٹھاہ مےٚ نِش دوٗر از پیوٚمُت دُنیاہ
مےٚ نِش نہٕ کائنسہِ پِنگ نیب ، بیقرار یہِ کیاہ

سو رأسہٕ خندٕنظر ، وُٹھ گلاب ، جستہٕ پھوٚلنہٕ
یہِ خستہٕ گاسہِ کرٛچن شبنمُک امار، یہِ کیاہ

سو کونہٕ آسہِ چھیٚنتھ خار دار کاٹھ موٚژِتھ
أچھَن تلےٚ یہِ سبز پوٚپ گلاسہٕ نار ، یہِ کیاہ

چھےٚ سائنی کأم کرُن تی یہِ کوٚر تہٕ کوٚر نہٕ زِنہے
تہِ زون توتہِ گرٛزان ہر طرف نکار، یہِ کیاہ

نہ روٗد شوق نہٕ شوقِل کلام ، نےٚ سہٕ جنون
فقط وُبالِی بیابانہٕ کِنی شرار، یہِ کیاہ

# واوُلن زِسس منز

بۂ زانہٕ کاژ نیچ سڑنی زژَل کتاب پرٕنی
بۂ زانہٕ نارٕ ژٕکھر از تہِ بالہٕ ڈُلہٕ ناوٕنی
بۂ زانہٕ کھنگرِ پلَن منز لیٖنز لطیف بدَن
بۂ زانہٕ ژِھمبرِ ملِچ ، روت انہِ گچھ باوتھ
بۂ زانہٕ لفظ پھِرٕنی جاے تژاے بدلاوِتھ

مگر مساج[1] تہٕ یہِ آسٹیو آرتھرائیٹس[2]

اُمِس چھُ نُسخہٕ تتھَے پاٹھی صُبحہٕ شامہٕ کرُن
مگر عذاب گرٕھُن شونگنہٕ برٕونٹھ ڈاکر بند
مگر گرٕھاں نہٕ بندٕے کھِت کھِتاہ بوٕنی میٖن ہُند

گرٕھُن چھِ وال کرمہٕنی ماٹ شاٹ ییٖی[3] تُنٕر

مُتم ، رُٹم تہٕ ژُٹم ، جوش چھُم اگن اندر
سیاہ سنگہٕ گٔرِتھ مٔڈونایہ[4] ہُند پیکر
مشِتھ گوٗمُت چھُ نیٚسنگاہ رٔدی ژھوٹس اندر

گٔلی دُپاسہٕ زٕ دیوار تھٔدی یواں نزدیک
تہٕ زٕٹھونی چھےٚ پتےَ کرٔین[5] براڈٕونی نوکھل

ہہٕ بادشاہ دیاں بیگمہِ غلامس تھی
وٕتھو تہٕ أسی تہِ نژو راکہٕ[6] مُتی جنونس منز

چھِ زیٚو اندرٕ گلیٚن زٕٹھ زٕٹھ جتھ آٖمژ
چھِ کلہِ زٕٹھی کڈان منز اتھن سنٕیمتی کیٚمی

اگرٔ ندی آکھ پدٕشن ہندی چھِ وٕرسہٕ مأدانس
وٕتھی چھِ وان بےٚ پُرسان ، ٹھانہٕ روٗسی صندوق

بیٚگری چھِ بانہٕ سوٗہری ییٚتہٕ یور کیاہ سامن
نبس کُنتھ چھُ یَلےٚ اَس ہیٚتھ یہِ خونی چاہ
چھِ کام شاسترٕکی وُہ عدد تمےٚ آسَن
یہِ ڈرِنک دی الیکزرک[7] نشہِ روزِ کوٚتامَتھ

تلاش توتہِ چھُ جاری نوٚینہٕ اندازُک
لئوٗن یہِ توٗنہِ یکُن پشجہِ رانہِ ہُند نمکین
ژہُن سہٕ کنہٕ پھیٚشَن ، بیٚبہِ تَل ژہٕنی گردن
گُلاے انگ اتھَو بدلہٕ بُتھی لَبو سارٕنی
سفید لاو پشچ ژَم تہٕ وِہر ژہٕنی پوشکی

مگر مساج تہٕ یہِ آسٹیوآرتھرائٹس
یہِ واوُن چھُ زِبس منزتہٕ کھارِ کیاہ ہیوٚر رگُن

7 اکتوبر، 95ء

1.massage; 2, osteo-arthritis; 3.hot-shot baby; 4.Madonna ; 5. crane; 6. rock(music);7.Drink the Elixir ( a song)

# ماگُن

سہ ُپاۂ تھر تہِ موکلیوٚ و

تۂ ماگُن ژھو کیو مُت

نہ واہ واہ نہ ہَے ہَے

شُرٛین ہنز پھُلَے نہ،

نہ وورسُک سہ ُ وِسنے

زِٹھین ہنز نۂ آہی

نہ تم سوٚر بُشتنگہ ، ربہِ گارٕ ڈُلگنی

نہ راتگ وُنیُندُر ، نہ دوہِلچ دُبنگے

نۂ کھنگا لہٕ گُنی گنی ،

اۂ چھُن منز نۂ اوٚش کانہہ

فقط سرد کُٹھ اکھ

تہٕ کھوٚتی ہَن تہٕ زونگرٕ ن

ہُہ طا قچ تہٕ اَتھ پێٹھ مکھٹ اَچھ وَژ ھے یێتھ

ڈُکر ، بانسہٕ ، چُمٹہٕ ، لرٕ ڑھُل ، ہاٹھ ، گاٮ۪ٹی

ۄلیٚت اوٚ ری ڈولان

ہچو تیغ سوسریٚے

سہ پُاٮ۪ تھرتہٕ موکلیٚو و یہِ ماگُن ژھوکیو مُت

مکھُٹ طاقچس پێٹھ

مگر اَچھ وَژھے یێتھ

30 ستمبر، 95ء

# نوٗرِ مُتیٔ کوٚرنا رِ سرٛان

ژارِ بڈ برسوار مو کلِتھ نوٗرِ مُتیٔ کوٚرنا رِ سرٛان

وَٹھ نیٚندر پھڑِتھ پکھن کوٚڈ واش پکھشنیٔ

تاژ دزنگ اضطراب

ؤژھ گُنی ٹِسرائے، دوٚد دِودآرِی دار

ژِمرِ پیٹھ ہرموکھ تھُنگِس تاں

زانہٕ شاہ نہٕ پیٹھِ بابہٕ ریوٚشُن تام

بابہٕ ریٚش ڈدی بانلشین تل

از بَن...... بڈی بَن...... ساس اجدادو سُمتھ

دژسہٕ کوٚر تیتھ کھور تلیٚچ میژ یادآے

نوٗرِ مُتیٔ کوٚر نوٗرِ سرٛان

پھڑ وو پیٚہ وُزناوِ سِری لیس

شِشرِ شم ژٕلہِ

زیرِ دِیہِ وو پزآوی بنجر ڈدون

# غزل

ژوپأرٕ ہوگ اَس یِی رٹَو، وَٹَو تہٕ بأگرَو
نہ کانہہ پۆدُے پٕٹُن سپُد نہ کانہہ پِلولۆ بُے اتھَو

ووتھاں بہا چھُ وادیَن ہوا اۆبُر چھُ دٕنسراں
ژُ پنجہِ گُر دواں چھُ بالہٕ دامنس ہجَو وَتَو

نبس وُپھاں چھِ گانٹہٕ گرٛد، الوند بالہٕ تھٕنگٕ ٹٕنی
اپارِ گٕے نگارٕ ژٕنڈ، وَتَن وُچھان پیشرَو

غلط زِ اَنتھٕ سپدٕ گرٛزٕنی، پھٹاکہٕ شش جہت گرٛزَن
یہِ مأنتہٕ ووش چھُ سورٕ دُن، تہٕ سورِ، بوزِ گُس کنَو

سہٕ شفقہٕ شامہٕ اکھ پڑواہ منس پڑیوو، رُحس سزیٔوو
گٹن چھُ گوشہِ گاشراں توتاں یوٚ تام نیرِ رو

تم ألی چہِ گلی چھِ گامہٕ مرگزارٕ از تہِ میٔش ژہاں
یمن شُریٔو سہٕ میوٕ ژوش ہیوٗ کھیٚیو دوسو دوسو

یہِ کیاہ ہوا زِ لنجہِ لنجہِ پیٚوو وٕتھر وٕتھر چھیٚنتھ !
دیٔلس اندٕری مگر چھِ توشہِ وٕنی کوٚملی نوہِنہٕ تھو

چھِ رنگہٕ رِوی نظارٕ از تہِ قدمہٕ قدمہٕ ٹوٗٹھونی
مےٚ کیازِ چھم أچھن تلےٚ یہِ ہُنی کرٕ ہنی غریب کھو

چھُ از تہِ شوق ژورِ ژورِ ووڈکھیوان بڑمان، متاں
چھُ از تہِ شہرٕ سانہِ کانہہ حسین بُتھ وُچھاں أچھو

12 فروری،95ء

# غزل

مکایہِ کھوتمُت تہٕ مانچھِ پھۆبمُت، مےٚ ستیٚ لۆگمُت بچور ہا پُت
مےٚ رَزا اَتھَن کیٛتھ، ژٕلان یہِ بڑٕ ونہہ بڑٕ ونہہ نِوان چُھم اورٕ یور ہا پُت

گنیوس ہےَ رنگ رٕپھ کانژھاہ، نکار کۆرمَس تہٕ تڑاوِ ڈُلگُن
نہ کانہہ نزاکت، نہ کانہہ نفاست، فقط چھُ منمَتھ یہِ چور ہا پُت

سٹرک تہٕ ہا پُت تہٕ بہٕ چھِ ہمدم، تماشہِ جأری، چھُ سنگ باقی
یہِ میأنی مأنتھر پھٕٹان باضے بجنگ یواں چھُم بشور ہا پُت

سیاہ گٹہٕ پُچھ شبگ یہِ وأرِث، فقط سیأہی پزر چھُ أمی سُند
سیاہ ازلُک سیاہ شأہد سیاہ مرشھَن ہندی چھُ زور ہا پُت

یۆ تام باقی چھِ پنجہِ نوکھل، یۆ تام دندَن چھےٚ تیز کھمَرن
تۆ تام پریٛتھ شہرٕ شور أمی سُند، تۆ تام کرٕونی چھُ زور ہا پُت

20 جلے ،94،

# آثار تہٕ ماہر

یوٗ ہےَ یوٗ ہے چھُ زمین یێتہٕ لوکھ اٚسی بسان

سُلی سُلی ووتھاں نێندرِ ، ژٕپرِ اٚسی شونگان

پھوجوو سونتھ یِہَن ولسنس ،کران گونگُل

تہٕ گریشمہٕ کرٛایہِ اندر نێندٕ باٚتھ اٚسی گیوان

لجوو باغ، سُمتھ نیرٕ ہَن، یوٗ ہےَ یاٚ گی

ڈلان سرٛکہِ ، تہٕ ہجوٗ پۄدی وتو تہٕ اٚسی پکان

کریوو بیاٚری یِتھُے میاٚنو ، تہٕ گتی گیایہِ شُرێن

پھُچایہِ ہارِ اُگر پکھ، دپان اٚسی ودان

جواں گیایہِ گبر ،گبرِ ، اٚسی رنگ ژھٹان

زِ لنجہِ لنجہِ وٕتھر واوِ رِنگشہِ اٚسی پھرکان

کھنیوان بتہٕ چیواں شیری چاے اٚسی دو ہے

تہٕ وَندِ دال تہٕ گوگجار پھرِ اٚسی کھنیوان

یِتھُے گیوکھ ، ژٕوال اٚسی بٕری تہٕ داریٖو کَنی

اُتی کریوکھ ظُناہ، مندچھِ ژاس اٚسی کران

موٗیووکانہہ تہٕ ژٕوولہٕ ڑی ہوٗل اوس ووتھان

زٕیٚیو و کانٛسہِ اگر کانہہ تہٕ تہرِ اٮ۪سی کران

عجیب لوٗکھ ، دپاں داستاں سیٚٹھاہ اٮ۪سکھ

سیٚٹھاہ ٹاٹھی ، تِمن یژھِ پٔژھِ اٮ۪سی رچھان

تِمن تہِ ووٗرسہٕ پٔنٕنی ، بٮ۪یہِ پٔنٕن نژُن وایُن

تِمن تہِ اٮ۪سی پٔنٕنی چاڑھ، ٹٔلی تہِ اٮ۪سی اسان

ژٕ بوز، بوز! یہِ کیاہ لَے چھےٚ از تہِ فِضہس منز

دپان تِمن تہِ پٔنٕنی باتھ اٮ۪سی ، اٮ۪سی گیٚوان



کہنز دلیل چھُکھ ونان!

تِم اٮ۪سی چاڑی پھیاڑی لُکھ

تِم زانہٕ ہٮ۪ن نہٕ زٕگ تہٕ پٔژون

ٹٔلی اسُن گِندُن مرض

سہٕ کھیٚون تہٕ چیٚون وِسن گِندُن

جہانٕچ دلیل اوس

مرُن تہٕ تِتھ وِدُن چھُ کیاہ

تِم آسی بس قدیم لُکھ

گُلشِن، کوٗلن تہٕ پَرٛشھ کران

ژِھیٚن اگر نہٕ ہوش اوس

شُریٚن تہِ آس ناہ عقل

ووٗن پۆت نشاں وُچھو تہٕ کیاہ

تِم آسی چاٲری پھیاٲری لُکھ

29 جنوری، 94ء

# بنکرتہٕ بازر

O

بس شَہَن ہُند ٹُلہٕ ترٛاو

اکھ شہہ، ہٮ۪پس ناد

یَمن آوِ سیمنٹٕن سیکہِ ٹھیلن نٮ۪ر

بَیہِ ہوٚت نٮ۪ر

پھہلان.........

جانکی چھُم سٔتُمٕ ریٚتھ کرٛ وُٹھ

ماتاجی گرٛشہ دوٚہ ہےَ شامن شامن مأرِش واتنہٕ

دیپوٗ مکھ نیرنہٕ برٛونہہ

چارٕ چھُم نہٕ نیرنس

گانس اوس گُہہ کڈ نےٚ

بس وُہری گرٛشہِ پارٕسی مجٔبور

لیکھکھ، ٹُلِو ہٮ۪یہِ ووٚزُم

کھہس آسن ہوکھیِہ ستی پھرٛاٹہٕ گمٕژ

سوٗ آسہِ وُنکیٖن لِکر کُلِس تَل گُمہٕ ئری گرٛ ھِتھ ہِتھ
کرِ کیاہ!

ہے مگر بنکرس نیٖپری یہِ نیٖر
پھہلان .............

O

دوٗدریمتیٖن سیکہِ ٹھیلن منز باگ
کھرٛ پہِ منزی ہمہٕ زٲچھ
مُدٲے گنڈِتھ
فوکس بدلاوان
ہے پھیکٕی گوٚییم یم جولنہٕ ییٖتھ
دال، اولوٗ، گنڈٕ، اوٹ تہٕ بندگوبی
دپان پانژن دوٚہن روزِ بند
وقت چھُ غنیمت
گرٛاکن ہندِ برٕ بارٕ منزی پان لِکھی لِکھی نیرٕ
ییٚتیٖن چھُ راتگ رَتھ لٲری تھے
"یِتھنہٕ ھض کھور پیٚیہٕ وٕ!"

نچہِ کیٛتھ گو واکھ مینگو بایٹ

کرِ تہِ کیاہ گرِ بہِتھ بند کُٹھِس منز!

"دۆپمو، ٹیسٹ رِپورٹ رۆٹو؟"

"ہَے تڑ اوسہ! لُکھ زُو دِوان!

کینژھاہ چھُ اسہِ تہِ ویٚژُن"

بنکرس منز گیہِ کھڑکھ ہِش

بس اکھ سِگریٹ ڈٔبی

تہٕ ژَل!

13 جون، 93ء

# لِسٹس منز: 504

یِہ یہ اکھ کُس گو و،504

قد : فُٹہٕ پانژھ ،موٚٹ ،سینہٕ کھول تہٕ

بُتھِس نہٕ وال تہِ

بدمعاش ننگہٕ تال ،ہنگن پیٹھ وأنکی پھُنگی، تہٕ نظرٕ راوِمژٕ

ژِتجیھن ہتی جنگ کران تہٕ توتہِ

سٹون واش قمیضہِ تَل پان کھٹان

بُتھِس پیٹھ شٹھیومُت اُسن !

سُتہِ از ییٚلہ سأری پیٚتر رنجیدٕ چھِ !

یِہ چھُ ہرٕ بارِ منزی سڑکن پھیران آسان

پننہِ کُرسیہِ ہُند تہٕ نہٕ خیال!

جُمَن چھُ کتہِ پھِرِ وُچھمُت

دُکانہٕ پیٹھ چوراسیہٕ سنز کیاہتام "مگتی" ژھاران

تہٕ پتہٕ "سَن" ہیتھ نیران

مےٚ چھُ پانہٕ کِتہٕ پھِرِ وُچھمُت

گرلز کالج کِس گیٹس کُن مُدَے گنڈِتھ رٕ ہتھ گومُت

دپان انگریزی چھُ زانان، مگر کتھ تہٕ چھُنہٕ ہیٚکان کرِتھ

دپوس زَن کینژ ھاہ وَن

أمی سندی ہمسایہِ ونان : صرف چھُ پَران آسان

بیٚین اپارٹمنٹن ہنزَن زنٛین کُن زانہِ نہٕ أچھ تہٕ تُلنہِ

شرم چھَس نہٕ یوان، دپان گرِ چھُ کٔچنس منز

آشنہِ کامہِ منزاتھ روٚٹ تہٕ کران

از ییٚلہِ نہٕ شٕکیچ کانہہ تہٕ باتھ روٗز

تہٕ خواب چھِ پزنس تیار

أمِس چھُنہٕ بُتھِس پیٛٹھ کانہہ تہٕ اثراہ نوٚن

شٕکیٚ گَتھ چھُ تھاوُن ......... ئلِی

دِئیوس ٹِک۔

13 نومبر،93ء

# نجات

پراران چھُس

تتھ وِزِ

ییٚلہِ ییٚمہِ سانہِ شہرچہِ تاپہ کرایہِ ، لَژھ، دٕہ،

سار ییٚ دوٗسہٕ، شور تہٕ پھِسرایہِ

سَمَن اۍ کُس بیٚ بُتھۍ شخصہٕ ہنزن بیٚسو کھاۍ چھِن منز

کوچہِ گُلِس نِش بُتھِ یتھ

دُگوش کرٕ یم

اکی بڑ یہہِ

تہٕ آزاد کرٕ یم

دوہدِش کہِ ییٚمہِ کانپنہٕ نِشہِ

سنبلاوٕ یم

زَنتہٕ موج

پننہِ شیٚہلہِ اَتھہٕ ستی

7 دسمبر 93ء

# تعارف

دم بدم دُبراے ﭚ

ہِشرنن ہنزتڑ انژھ ئلہِ

O

گُریشمس منز گامہٕ کوٚٹ اکھ لانپہِ آو

آرِ گرٕ یہِ منزژھانٹھ وٲےتھ کھوٚت ﭚ

گُرتنٕ شاند دِتھ لوٚگ پرنہِ

اسمانن لیکھِتھ زِ ژِوٕنی کتاب

O

خوٚنہٕ رٕ نگہٕ مِتی اتھِ چھٕلی چھٕلی گنگر ان

یُتھ زمستانٕی بڑنزِس

رَتہٕ ئری پھٕٹِتھ

دزِ امژ اٚچھن مُشر اوِ ہے

توتہِ اسقونی تہٕ اسقونی --- یہِ کیاہ!

○

آسمان! ہے آسمان!

نیلگون ژھرِرَن اندر پیران ووٗش

خربہٕ بُدی آلَو تہٕ نظرٕ اٚنتھٕ رۄس

بے صدا، بے نوٗر سنِزَن منز گرشٕ ھکھ سامان کوٚت

ازلہٕ ظُلما تُک ژٕہَن بَل سورِ نہٕ

○

لکھان لِکھان ہنٛدٕر زوٗن نیر

کھنگرَ ومنزی

تہٕ خوفتہٕ وادیَن اندر خموش ژھایہِ وُزَن

دِوان آسہِ زلُرزاٚج پننہِ گوڈنیُک وَر

تہٕ سرد ووٗش بُنتھ سورِ کاینات

بےٚ پھریُک

# رنگہٕ کدٕل

یہِ دۆدمُت کٔدٕل.................. تیٚلیٚک رنگہٕ کدٕل

یَتھ افتتاح کرُن اوسُکھ

ہیٚری بۆنی، پٔتۍ بڑوٚنٹھی آسس واوِ مالہٕ رنگا برنگی

دریاوِ بٔٹھِس پیٹھ ٲس دِوَے اُلجمٕژ

أندی پکھی گامن ہندی سأری سکولہٕ شُری تہٕ ماشٹرٲسی

جلسہٕ گاہس منز

چھٔلتھ چھکِتھ کِٹہٕ تہٕ قمیضہٕ

ہِپ ہِپ ہُرا! تہٕ بینڈ باجہ سازاوس

وُڈربون، دۆر دۆر......اندگامن

وۄلسنس انان

تہٕ مےٚ اوس سارِنے برونٹھ

گوڈ نِکہ پھرِ سٹے جس پیٹھ بأتھ گیوٚن

28 دسمبر، 93ء

# نێچُو

اَہَن حَض آ،

یہِ چھُم سُے گوڈنیُک......ازبُہ مہِ جمأژہُند امتحان دِوان

تمہِ دوہہٕ روٗدِ شرٛانٔین منز

کھونہِ اوُسُم سٟینس ؠتی

تہٕ أسی دونوَے بأژ آسی چھٕترِ روٚستُے

شُری پأٹھی، بےٚ پرواہ

وُژھ وُژھ پکان ہسپتال کُن

تہٕ توہہِ پٕرژھایمَو وَتھ

توہہِ ہیچھنا ویوم

شُر کِتھ پأٹھی گژھِ پھیکِس کُن رٹُن

28دسمبر،93ء

# ژادر

از یتھ ترِمنز

چھےٚ مےٚ یہِ سوے ژادر وٗلتھ

یٚیمہِ کِس یِرِس

وَنہٕ چَن زتچھن راٗ ژَن

میون مول کنگیہِ کذِتھ توٚمی کران اوس

تہٕ آپہٕ اٗسس

پَچہِ ینٛدرس پیٹھ کتان

تہٕ بہٕ اوٚسس اٗرکتھ گُن

وُشنِس گینِس پیٹھ تراٗوِتھ ووتھرِنس منز

محفوظ......کھوکھُتھ گرتھ

تہٕ گام اوس ہَنہِ ہَنہِ نوٗسِ شینس تل

شوٗنگُن ہیٚوان

28دسمبر،93

# غزل

ژھارِ ہا تیٹھ مژر نہٕ کانہہ
تھارِ ہا تیٹھ تہِ شَر نہٕ کانہہ

ڈوٹھ، واو، و وتھ یہِ گُٹھ
راتھ تہٕ بہٕ، سحر نہٕ کانہہ

زیر و زبر گرٔس اندر
میٚے اندر گٔذر نہٕ کانہہ

آبہٕ سپدی کنارِ کش
خشکہٕ گٔذر بسر نہٕ کانہہ

یُس نۂ سفر مےٗ ہاوِ ہے
تیٗتھ تہِ تُلُم سفر نۂ کانہہ

بَس ہناہ بدَل
نظرِ گرۺھان شہر نۂ کانہہ

وآنسہِ رۓچھِتھ رہٗودگی
آسمانس اثر نۂ کانہہ

ۺیتھِٕ ٔنۓ موٗل تاپہٕ ڈۓدی
گُنہِ سرِہیٗل پتھر نۂ کانہہ

ۺِسترٕو سرد گاڑِ ٹُل
تنہٕ تسٕنز خبر نۂ کانہہ

# غزل

شامِرٖنی لۄب قرار ویرٛیٚن تَل
خامشی اختیار ویرٛیٚن تَل

لوکچاژک سہٕ خواب از تامتھ
کنہِ پیٚٹھ سبزٕزار ویرٛیٚن تَل

یادگریشمک سہٕ گُمہٕ ہۄت دُپھر
ژۄرِ زاجوو نار ویرٛیٚن تَل

ژِھمبرِ میٚل، یام شہر آلیٚن ژاو
ژھوپہِ لۄگ کارو بار ویرٛیٚن تَل

پنہٕ باڈھکو گھلی گنیر تژاوتھ
رٕپھ گیہِ آشکار ویرٛین تَل

لۄکھ مشغول کامہِ کارس سٟتۍ
اکھ زۄناہ سوگوار ویرٛین تَل

پۄت شیچ زوٗن، نوٗر ژھاین پیٹھ
ناگہٕ جوے بے قرار ویرٛین تَل

وَندٕ شین ششرٕ شاپھ شانٛش تہٕ شم
خواب وونان بہار ویرٛین تَل

کاروان ڈٲلی تہٕ شوق بَس پَتھ کُن
روٗزی تھے گوو بیٚکار ویرٛین تل

9 فروری، 93ء

# وُنۍ تہٕ وُنکٕین

ژوری بَجہِ پیٹھٕ شام ہیٚوان پۆت ہردِس منز
چھکرِتھ سورُے وُنۍ تہٕ وُنکٕین
ہُنٛز کھنڈراتن منز لبہِ فرشس
ہاپہِ زٕلری زالن تَل آلٕین اکہِ اکہِ ووتھ اتھٕ
ؤچ نیریاہ کِنہٕ مانچھ، نہ کِنہٕ لال جوٲہر، کِنہٕ......
گاہے پرٕی یہِ کتھاہ ......تگہِ زٲلتھ بڈکیٖل ژٲنگی
گاہے نامعلوم زُوٕین ہُند نیب

○

پۆت آنگُن کُن کانٛہ زٲلتھ نارٕ الاو
ڈوٗنۍ ترٛشن پیٹھ بونہِ پنٛس رنگہٕ وٕلی ریہناو
عائیشہِ آپن اوٗن ڈوٗنۍ ہَلَم پنہٕ تلہٕ سوٗمبرِتھ
کوٗژر ناگک بال چھُ شولان، سونٛہری شیٖن

لاۓمنۍ لاۓمنۍ کُنۍ زٲنی پھیرِتھ

شَمہِ اٲنۍ تیر پٔنٕنۍ گامُد

دٕنن تٕہ گلاسٕہ کُلئین تَل گُلاٗلی پَنٕگ داتھُر

O

وٮ۪ر وارِس منز ڈِپھرِ لٕگتھ

تژٕین گاٮ۪ٹن وُنہِ نوزِ چھُ پرارُن

نِنگٕہ بوٚنٕین پٮ۪ٹھ گاٹن ہنز ٹِنہِ رٲے ہٮ۪تھے

پَچھٕمی کنۍ اسمان رَنٛج رٮ۪ہہ

ازگیٕہ سُلہِ شامے بَرتَرٕ وپرٕنی

برٕنٮ۪بر یِم بے

اٲنۍ کھتہِ، ییٚتہِ ہُتہِ

O

پٔنٕنی کُٹھِ اکھ کھوٚت چھُ سوکھل

رسٕہ رسٕہ کھسوٗن یُپ انہِ گوٚٹ

ملرن پٮ۪ٹھ ارہَٹھ ہیُو ییٚران گرٕ گرو یٮ۪تھ

O

دِلہِ ہُند واندُر زُووُس منزُونہِ آسہِ تِتھےکنۍ

وَچھ ژیٹان.........ژینتہٕ کران،

پتہٕ گژلہِ کُن تھر دِتھ روٗشتھ روزان

کَرولہٕ باغہٕ تہٕ آسہِ تِتھےکنۍ

بکھتی باوُس آمُت جوش

دِلہِ پیٹھ سال یُہُس تہٕ چھُ آمُت

گرژھو تہٕ نپہٕ نپہ کرہٕ نہِ بازٕری پھیرِو

یُہُسک وَندٕ سٕنٛز زیوٗٹھ چھُ باسان

دَپھ ازگو وسُلہِ شامہٕ اژُن

ہے ازگرژھ نابجلی آسنۍ

یُہُسک وَندٕ سٕنٛز کرٛوٗٹھ چھُ باسان

لَرِل، شکاکاے، لکس، مڈونا

سومالیہ کین کرٛیہنٛین کرٛنزن پیٹھ صوفیا لہراوان سونہٕ مَس

لال ٹینس سٕنٛز ہاے چھےٚ کھرٛشہٕ مرٛ

# سبزژادرِ وول

کنکریٹ لرێن اندر روزن والیٖو !

شِشترِس تہٕ سیٚلیوٗ لایڈس تَل چھپَن والیو!

برٛم چھُو !

سہٕ ......

یُس تھدێن پرِبتن منز باگ ترٲوِتھ ژھُنوَن

تہٕ

لیس نِشہِ تُہٕ دوٗر ژلان آیِو

زِ مُشتھےٚ گرژھِ

سہٕ ......

سہٕ چھُ ازتہِ تۍ

سبزاسبز ژادر ہیٚتھ......ڈُبنگہٕ

یادتھاۓوی زیٚو

ازنہ پگہہ ییَو سہٕ یۆری

تہٕ ژھاران ژھاران

واتہِ سانیٚن یمن شہرن منز

یمہٕ سانہِ بَجہِ بَجہِ سڑکہٕ

آسَن تہٕسند یٚن گوبیٚن گوبیٚن قدمن کرشہ تنگ

پنیٚنو زتچھوز تچھوز یٚو ستی

نیہِ سہٕ یم دیوار نہناۓوِتھ

تہٕ لبہِ

تہٕ یمَو تنگ گُھٹیٚو منزٕ کڈِتھ

رَٹہِ اسہِ پننہِ سبزاسبز ژادرِ تَل

پننِس سرد وَچھس ستی

# اکھ تصویر

اَڑہٕ بورڈ ٹیلیو مُت مَٹہِ کھوٗ تمُت
فُٹ پانژھ تہٕ پکھنٕچ ترٛاے تہِ ہٕٛج
ننگہٕ تال تہٕ ہنگہٕ پیٹھٕ ژُپھ وو پھرِتھ
بدمزٕ اَسس بأدی یڈٕ کھٕچ
بے رونق گتھ، ژمٹھیو مُت بُتھ
پرٛ یتھ گُنہِ تأیید نہ کانہہ حُجت
پُہی پَن، لَرٕ ژھہِ بنہٕ
چھُنہٕ یادٕ کینٛہہ
بس سونکُت ہیُو......
رٔیتہٕ کول رٔگن نأرَن منزٕ آدی اوس گرٕ زان ستہٕ سُری سرگم

7 نومبر، 92ء

# غزل

ٹوٹھونہِ خیالہٕ، کجر کاس، میون مُدعا ہے
لیٖکھہٕ ہے بہٕ نامہٕ شوقہٕ دِتم سہلِ ممتنع

اکھ جلوٕ چون ساس وَتَن چھُم کران وا
اند وأژہٕ دلیل منگان تازٕ ابتدا

تشبیہہ تہٕ استعارٕ بہٕ کیاہ زانہٕ ، چھُم نہٕ فن
یم رنگ چھِتی تہٕ رِپھ چھُینتھ پیٚے تہٕ ژھارٕ کیا

افتابہٕ زوٗن، پوش تہٕ شبنم ژٕ کیا نہٕ چھکھ!
لیکن یہِ چھُکھ تہِ بیٚیہِ نہٕ کُنی منزلہُن روا

میو نُے یہِ حال چانہِ جلالُک چھُ اکھ مثال
و یشرُن، ژُسن، یہِ میون لُبن ہکہٕ نوٚو بِنا

وُنی شفقہِ عکسہٕ یَخہٕ محل لال گون سپُد
پانس نیٚبر مےٚ پان وُچھم اکھ ویُہا ، ژیٖہا

روٗتلی نبُک یہِ پژٕو ، روان روگہِ آبہٕ جوے
پوٚت پھیرِ دأر وٕژھ تہٕ کُنےٚ زوتُون شمع

تھوٚو مےٚ نہٕ دِل پنُن مےٚ ژےٚ کیُتھ شوٗز توتہِ سَتھ
چائنس دِلس اندر مےٚ رٕچھتھ چھُم قرار گا

سرٕ وٚن نیوٚل نب کُشادٕ تہٕ ووِلستھ یوان ملر
گوٕبوٗن کثیف بار ،مگر شوق ،چارٕ ما !

# ہردس تاثیر

ہرِ دتا پھاہ، نیول نب تۂ میأنی تنہأیی تۂ بۂ
ہرِ دتا پۆک سرٕ یہہ ژِہتھ ہٹھِس زمینس لۆج ءسسر

ہنگ تۂ منگ ژیونم کنس تَل شہہ سہٕ تۄت، آنکارِ ہۄت
یُس مےٚ ژمی اڈنیئدرِ باویو

دۆرتاں نیرِ ثِن نَین بالن بیابانن کھین
برٕ یڈی مشک آوارِ گوو
کاڈکڈۆن ؤژھ بُتَل زامن کران
نوٚ وودرٕ مُن بامُن سبز رختاہ گرتھِ

10 اکتوبر،90ء

# غزل

شوٚنگمُت چھُ دِل دماغ ژھرێے أچھ ہُشار ئلۍ
گُستام بأندی وانہٕ مگر بے قرار ئلۍ

مفروٗر قدٕی دوٗرِ منگان سرحدن پناہ
پَتھ چھِو وُچھاں یہِ پان، یہُ چھُو اشتہار ئلۍ

شاداب دأدیوَن تیٛتھے گوٚن، نلاں، مگر
ووتلاں نہٕ نیوٗل نالہٕ کہٕنی، سبزٕزار ئلۍ

دُنیا مران کالہٕ پگَہہ، نٔوی زنم لبان
شہرس اندر یہِ شخص کُنُے سوگوار ئلۍ

مانو لسُن بسُن چھُ مژر، لگھ لسان بسان
ژِتہٕ ہے لسگھ بسگھ تہٕ ژٕ گتھ شرمسار ئلو

اکھ سرد واو رِنگ سہُ شہَس ستی شرٛ وٚپ رتس
وُشنیرِ برأنژ بس چھےٚ توَے لارِ لار ئلو

آسُن نہ آسنگ چھُ مُژھیُل وِیُہہ تہٕ رنگ رِپھ
راوَن گہَس اندر چھُ برٛیُزاہ آشکار ئلو

ہا میانہِ شہرِ ژٕکرِ وِہس کوت رَب متھگھ
وأناکھ سڑکہٕ ، برأنتی، گُمانٹ غُبار ئلو

کس چھیٚنڑ زِ معنہِ ژارِ ، سنی شوقہٕ تجرُبن
روزکھ وناں کوٚتام وضع دار شار ئلو

# دَپھ گوٗوزیر

یِنہٕ ووٗتُم یَتھ ہَجہِ کَجہِ وَتہِ وَتہِ

کھمبرٛیَن ، کھاین ، چھارٛین گُن نہٕ ظُنٕے زانہہ

شہجارَن تَل ناگہٕ جو یَن ہُند پرواکرٕنَے

گُن زوٗن تھگہٕ روٗسی پٕدی تراوان

پتٔنین أڈی جن ، ناٗرَن منز موجود زُوَن پَے

اکھ اکھ قطرٕ ہمت ناوگُرِ تھ زالان

تنہٕ ووٗتُم ہُمہِ بیٚیہِ وَتہِ ہندی یِم کاڈتہٕ یِم شہجار وٗ پچھِتھ

راوان ، کرٛیشان

امہِ کُے کھرٛوو رٔٹِتھ پٕدی ترٛاوان ،

یٚیمہِ وَتہِ گُن زوٗن

کاش کہِ بہٕ نہٕ آسُن یٚیمہِ وَتہِ وَتہِ انٛد تاں واٗتِتھ !

کاش کہ بیٚیہِ اکہِ پھرِ کانہہ پرٛژھِہے

کوسہٕ وَتھ ژارکھ!

13 اگست، 89ء

# غزل

ژٔ قدیم ، قائیم سوال ہیُو
بٔہ ووتھان بوڈان لکھ خیال ہیُو

ژٔ تٔہ آفتاب حرارتگ
بٔہ گٹَل شِٹھیومُت شُمال ہیُو

ژٔ نظر تُلگَھ یۆد عناتٔچ
بٔہ تیُتھے گرشھان چھُس بحال ہیُو

ژٔ نٔنتِھ نوان، نٔوتِھ ننان
مےٚ شہَن وُزان چھُم زوال ہیُو

بۄ یُتھے رٹان چھُس ملال ہیُو

ژےٚ تیُتھے گرٛھان میون حال ہیُو

ژےٚ یوٚ ژھُتھ یہِ دیوار درمیان

مےٚ لوٚبُھ پھرِٕس تَل ژھال ہیُو

ژٕ یَرٛھکھ وۆتھُن زانہٕ بر ہوا

ژٕ یَرٛھکھ گوٚباں آسہٕ بال ہیُو

بۄ تخیّلس منز ژےٚ وۄنی دِواں

ژٕ نوٚنےُ ، کُنےُ چھکھ مثال ہیُو

شفیع شوق کٲمی سٕنز یہِ گَل کٔرِتھ

ژےٚ سُخن چھِ پراوان کمال ہیُو

# احساس

O

احساسہ عکس کتی سجاؤم ژیٔے کتھ
آہنگہ نقش کتی بناؤم، ژیٔے کتھ
آیت ژےٚ یہ معنیہ سِرل خانہ، ژ پکھ
درواز یلے پانہ مےٚ تھاؤم، ژیٔے کتھ

O

پوٚت راٚژ کرٕہن بوسہ کرٕہن راز ونی
پاتالہ ژےٚ شوٚنگمت سہٕ امار گنی
پرٛتھ شاخہ کرٕہن پوٚش کرٕہن پوٚش پھولی
ہا گاشہ متیو، میانہ شبگ ساز سنی

# غزل

کیا ھوا ڈوَل زِ قدن گردِ ملاؔوِتھ موکلِیوّ و
دستِ تائید پرِیتھ اکھ رُح بناؔوِتھ موکلِیوّ و

ووُنی نہٕ پھٔری ژھال نہ کانہہ نیب وُنیُب کانہہ نظرن
بے طلب د وٚدسہٕ ژھوٚرے کاؔف مے تھاؔوِتھ موکلِیوّ و

ٹھانہٕ روٗسی بانہٕ، وٚتھی وان، نہ کانہہ ٹھاک نہ زاگ
ساۂری رنزناونہٕ سامانہٕ سجاؔوِتھ موکلِیوّ و

چاۂری پاۂتھر چھُ ووٚن دنیاہ رِنداں میٚے برونہہ کنی
بیخ بنیاد پُٹِتھ، نقش مٹاؔوِتھ موکلِیوّ و

پننہِ پیٚتھی بُتلہِ اندر خطرٕ شوٚنگِتھ ما ووتلن
آسماں قہر پٔنٕنی تیٚر چلاٛوِتھ موکلیٚوو

پریٛتھ اکھاہ قاۂد کوٚرُن پننٕسے اختیارس منز
شہر در شہر یہِ زندان بساٛوِتھ موکلیٚوو

شور و شر از چھُ مقرر تہٕ کُس باوِ کٔمِس
خامشی رأچھ کران شوق یہِ بأوِتھ موکلیٚوو

25 فروری، 89ء

# راتھ دِگرن بأگی ہیُوٚ

راتھ دِگرن بأگی ہیُوٚ سمکھیوم منز چوکس سٕہ شخص

یَس أچھن منز دِیہٕ ہنزٕ زہرآبِ گرِیکھ

میأنی پسپأیی وُچھِتھ یس شانہٕ وگنان

پرٛیتھ پڑِس پیٹھ یس بہٕ چھُس کانچھان چاہ

نظرٕ بس ٹکر ییہٕ نظرن

دوشونی نکوآری پھیچھرٕ یےٚ

لٔج وُٹھنی پرٛاژن، کنن منز توپ پھٹ

کیٚنہہ قدم پکِی برٛ ونٹھ دوشوَے

لوٗکہٕ سہلابس اندر بس ییرِ گۓ

بیٚیہِ بہٕ اوٗسُس بےٚ کُنےٚ زوٚن ترِہوٚت

کوٹہٕ کالرہیوٚر لٔدِتھ

منہٕ کیٚین پوٚت منظرن منز

اوس تس تس شخصس ونان گُستام یی

''میانہِ دُشمنہٕ اکھ دماہ ٹھہراو کر

وُچھ بہٕ کنہٕ پیٹھ چھُس کنےٚ زوٚن!''

4 جنوری، 89ء

# غزل

ناد لایے دِ مَے صدا خاموش
تاڑ بہ تاڑ یم نوا خاموش

قرنہ وادن سفر گرِتھ آسَے
بَر ژ مژ راو وُچھ گدا خاموش

آرزو پیٹھی ژمہ دِتھ آخر
کیا زِ لوب کُن ژ چھکھ ہوا خاموش

احتیاطچ مندورِ تژاوِتھ سر
میانہِ روٗتلی ونگ فضا خاموش

یادٕ کیٛن جنگلن اندر چانٕی
نقش ووتلان چھِ جا بجا خاموش

آدٕنچ وِیر تل سہٕ چھے پژارن
آرٕ کولہِ نِش ، تُلان سزا خاموش

دۆد وٕنک وَن، مگریٛگن پتھ کُن
سرسبز کُل غمُک کھڑا خاموش

آے شہرس تہِ وَلنہٕ خاموشی
میانہِ سینٕک یہِ اکھ ادا خاموش

دمبدم منتشر پریشانٕی !
کُس یہِ کانچھان چھُ ماورا خاموش

6 دسمبر، 88ء

# غزل

لرزان چھُس زِ ژھانڈ، تہٕ منزِل بہٕ پانہٕ چھُس
وأراں وتَو توَے بہٕ لگُن پتَھ روانہٕ چھُس

چھِس دارِ بر یِلَے تہٕ اندر اَوارٕگی
یادٕ ے ووں چھُم نہٕ کیازِ تہٕ کُمی سُند مکانہٕ چھُس

کھٔنۍ تن کھنان چھِ کیا تہٕ توأریخ کیا لیکھن
یُس رووُمُت چھُ برونٹھ بہٕ سُے گوٚٹ زمانہٕ چھُس

یتَھ وۄن دِوان ژٕ کرٕ وِہس لوٚکھ وتَھ کڈان
یُس نیبہٕ یتھ تہِ روٚد گُپتھ سُے خزانہٕ چھُس

پانےَ پُنن وجوٗد گرِتھ قتل چھُس شہید
پانےَ کرس طواف ، پُنن آستانہٕ چھُس

کانہہ خوش خیال چھُم نہٕ زِ زانہٕ نہٕ تیر باز
تامَتہٕ گندان چھُم تہٕ وٕنس تَل نشانہٕ چھُس

اکھ زیوٗٹھ جنگ اُس جوانی تہٕ زیون گمی
پَتھ کُن یہِ رزم گاہ ژھۄرُے، پۄت نشانہٕ چھُس

پرٛیتھ شامہٕ زون یِی زِ یہِ دوہ اوس بدترین
پرٛیتھ صُبحہٕ گوٚو مُشِتھ تہٕ گران نٔوی بہانہٕ چھُس

ڈٲلِتھ ہیٚکان چھُ وَتھ ، دِوان بزم ،سہٕ شعر گوو
یُس دوٗر تام نِتھ چھُ دِیان وُچھ گُمانہٕ چھُس

9 دسمبر،88ء

# دوہِ شگ حادثہٕ

باہ گرِ بِلڈِنگہٕ ترٛٹیمِس پورِس دارِ نگھے
پھرِس تہرِس پیٹھ ویشاکھی نغمہٕ گیواں کستوٗر
خابن ہندِ شب خوٗنہٕ دٕ زِتھ تھکےٚمتی أچھ ٹارٕ
شبنمہٕ شیٚہلیم، مالن پیٹھ پھولہٕ وُن نوٗر
پھرِس تہرِس پیٹھ ہِتھ کستوٗرِ یہِ آلو دیُت

سرحدٕ سرحدٕ جنگ بندی ہُند گوو اعلان
شش جہتس انٛدٕ وَنٛدٕ ستہٕ سُری ملرَن وُپھوار
باوٕژ روٚ ستےٚ بأتھ چھِ نیرَن وَتھ ژھاران
ہنگہٕ منگہٕ شہرکی لاوڈ سپیکر آن سپدی
بیگریٛو بلغمی آوازو دُعاے خیرُک جوش
"گُنہن معأفی! کارَس یأری! کورِ ستر!"
لیٚمبہِ پپُر ژھٔٹہِ کوٗر زور تہٕ دٕ ۆبروٗن پمپوش

از تہِ یہِ دوہ دیوار یکایک وُکرِتھ آم
روو سہٕ کستوٗرٕ ے، ہتہِ رووٗس شامن تام

11 اپرل، 88ء

# غزل

بارانہٕ بِنتھ وشی، ژٕ ے ترلیش بچاؤِتھ تھَو
بیتاب دِلک دُب دُب، ہرگز تہٕ مہ ساوِتھ تھَو

اندگامہٕ سِندِ ج شولی، بادامہٕ پھُلَے توشی
پرٛیتھ موسمہٕ ہواوس ستۍ یارانہٕ بناوِتھ تھَو

گٹہٕ زٔول چھُ منس منز از تارَکھ تہٕ ژٕ پرٛزلاوُس
اَتھ دارِ نکھَے شولان مہتاب سجاوِتھ تھَو

یِیمہِ شہرٕ ووں چھُے نیرُن یژھ کھےنہٕ ژٕ پوٚت پھیرُن
پرٛیتھ چیز اَتھَس منز ہےٚ پرٛیتھ چیز بجاوِتھ تھَو

کێنہہ رنگ فقط باقی یێمہِ أخری بازاڕ کی
خرچاو یہِ چھے خرچُن پرٛیتھ چیز چُھکاوِتھ تھو

کمہِ ساعتہٕ کہِ ارمانہٕ یم ساعت ژٕ چھُکھ بنزران
یُس ساعت بدس سپدُے سےُ ساعت مناوِتھ تھو

شاداب اَچھُہہ وادی تن چانٛی گُہُل جنگل
پوٛشیدٕ وَتَن ہُند پَے، پوٚت گوشہِ مےٚ ہاوِتھ تھو

سرتاژ سوالاہ کانہہ تحریر جبیٖنس کر
فرسودٕ جوابن ہُند تکرار مِٹاوِتھ تھو

کُس بوزِ، کسو باوکھ، کس آسہِ پگہہ فُرصت
کرکیاہ ژٕ ے وَنُن کیُتھ چھے أزی پانہٕ تہِ باوِتھ تھو

5 فروری، 88ء

# غزل

پرٛیتھ ساعتہٕ بےٚ سوٗ کھ روح وُپھان کیازِ چھُ باسان

پرٛیتھ ساعتہٕ یہِ کیٚنہ تام گوٗ باں کیازِ چھُ باسان

پرٛیتھ شَے چھُ رٲتھ جاے، ژَلاں کیازِ چھُ باسان

تعمیر رٲتھ نیخ، مِٹاں کیازِ چھُ باسان

شہرس اگر سرحد چھِ کڈاں کاڈ ژووایآری

پرٛیتھ کأنسہِ پٹُن حلقہٕ ژماں کیازِ چھُ باسان

تیٚلہِ یُس تہِ بےٚ پھرٛ یک پأٹھی پھولاں اوس جواباہ

سُے سرٛ پھ پھرٛکاں نار، بُچھاں کیازِ چھُ باسان

یُس یٔیت کراں جشنہٕ زِ آزاد چھُ آدم
سُے تیوٗت مگر پانہٕ پھساں کیازِ چھُ باسان

گانگل نہٕ کھٕنز ، کانہہ نہ مکین نظرِ مکانس
پرٛیتھ طرفہٕ یہِ گُستام وُچھاں کیازِ چھُ باساں

خمدار وتن نیچہِ وتَن درٛمنہٕ وُرُن گوو
تس یُن نہٕ زِنہے، توتہِ یواں کیازِ چھُ باساں

وُٹھ چاۓنی وُٹھَن لگی تہٕ کرامات سپٕز کیا
عالم چھُ اگر سُے تہٕ نواں کیازِ چھُ باساں

گُفتار سُخن شعر منگاں کیازِ خموشی
پرٛیتھ لفظ پٕنُن وان وٹاں کیازِ چھُ باساں

# بہٕ، تہٕ میون شہر

میانہِ ژِھنچہٕ دارِ کنی سوٗرے شہر
تارِ پتھ گُن
لِکرِ گہلِس پتھ ہُہ ڈہلِس منزٕ لِتھ
دوٗرتاں وٕہرِتھ شہر

کامہِ نیرنہٕ برونہہ
تہٕ شامن آس ییٚلہِ تھوٚکمُت تہٕ بیوٚٹھُس
پرنہِ اخبارس اندر شہرٕچ خبر
حادِثن جنگن تہٕ ریپن ہنز خبر
یُتھ زِمشراوٕن بزٕ نزاہ سوٗرے شہر

آنگنن، کوچن، کھوتین، سڑکن وُزان

بے صدا، بے لفظ شور:

ہونٛ وۄپھرارَے، لگُن ہنزٕ کریکہٕ ، ژَکھِ ہٕژ ہارنہٕ ٲشُرکنہِ،

چُرٕ گیٛش ،فِلمہٕ ریکارڈ، لاوڈسپیکر، بانگہٕ ہوٚل......

ٲڈرِتھ سورُ ے یہِ وُہوٗن شور شہرس آوِتھ

مئزٕ مگر شورٕچ سیاہ ژادرژٕٹتھ

گئےٚ کُنی چِکھ

دوٗرکتہِ تاں دارِ برترٛوپرِتھ گرس پھٕر مرگہٕ ژھَٹھ

مٕنزٕ أتی ونوٕنی ہُراہ

یادٕ کیٛن خلوَت گُٹھیٛن پیٚے تأری وٕسی

یا أتی لاوڈسپیکر وولہِ شہرس..........

آس ییٚلہِ تھوٚ کمُت تہٕ بیٚوٹھُس دارِ نِش

یُتھ زِمٕشرا وَن برٛ نزاہ سورُ ے شہر

دارِ کنی پھِرٕ پھِرٕ یہِ سورُ ے شہر چھُم وۄتلِتھ یِوان

20 اکتوبر، 87ء

# وٕژُن

از سمٕیوٗ ساعت شُہل شام، موٗکل ، دوٗر مہ ژَل

آسہِ تیا بیٚیہِ تہٕ یُتھے موقعہٕ محل ، دوٗر مہ ژَل

ووٗنۍ نہٕ کانہہ ژھاے نہ کانہہ پرٕدٕ شہَن شہہ ہمراز

میون وُپھوار دِلک چانہِ پھرٕیک ہیٚو انداز

بالہٕ پٮ۪تہٕ زوٗن تِلتھ نوٗرٕ مشعل ، دوٗر مہ ژَل

چون دُنیا چھُ پگھن واش اٚچھن منز سرحد

میون دُنیا چھُ زرد گاش، گٹن ہنز آمد

زندگیہِ میانہِ دِ آغاز بدَل ، دوٗر مہ ژَل

آشہِ ہوٚت روح چھُ عذابس تہٕ مسیحٲیی کر

چانہِ موکھٕ زنمہٕ زنم چھُم ژٕ شناسٲیی کر

میانٛۍ حالات جلد کر تہٕ سہل ، دوٗر مہ ژَل

از سمٕیوٗ ساعت شُہل شام، موٗکل ، دوٗر مہ ژَل

آسہِ تیا بیٚیہِ تہٕ یُتھے موقعہٕ محل ، دوٗر مہ ژَل

9 ستمبر،87ء

# غزل

ڈوکہٕ ترٛاوُن تہٕ نیوٗر مُشرُن چھُے
یُن چھُے از، ژٕے شہر ہٕیُن چھُے

تَتہِ نَے گژِھے نہ آبہٕ ژادر چھُے
شاورس تَل ژٕے پان ناوُن چھُے

یُتھ نہٕ کأنسی وَنگھ بہٕ کیا واتَے
میانہِ عزتُک خیال تھاوُن چھُے

لوٗکھ وُچھنَے تہٕ دوستَن ہاوَتھ
میانہِ گرٕی کَنٛز مگر نہٕ نیرُن چھُے

چھکھ قیامَت بہٕ پانہٕ وحشت چھُس
وضع دأری ژٕ مُتٕژ نہٕ سپدُن چھُے

ترٕڈٕ تہٕ یم کھأڑٕ مالہٕ کڈ تامَت
وچھ وچھَس ستٕ پگھ رلاوُن چھُے

اَن وُٹھَن ستٕ وُٹھ تہٕ کر کینژھاہ
میون پاتال وولہٕ ناوُن چھُے

لولہٕ نارَن اوُنُس ژٕ نِش پتھ وَن
یارِ شِہلِس یہِ نار چھاوُن چھُے

شہر بأشاہ بہٕ ، زانہٕ کیاہ جنگل
ژیٚھ ژٕہنٕز پنجہِ دیُن ژٕ ہاوُن چھُے

14 جُلے، 87ء

# شہزادس پچھُیُن

{ہنس کرسچن انڈرسن سِند ناوٕ}

دِلہٕ کُس خلوَت خانس منز

ژٕ ے پھکھ ، ژٕ ے پھکھ ، ژٕ ے پھکھ ژٕ ے

خواب وُچھان پھکھ از تہٕ تتھے کنٕ :

ہی تھرِ پتھ کُن سوٚمبلی پوشن مالہٕ کران

میٚے ٹکریوٚ وَتہٕ روو تہٕ رووُم جاے مقام

دوہ دِیُنہٕ کیٚن ہنگامن ہُند گرد غبار

باضے ٹھہران باضے ئلی آوارٕ وُڈان

وَنہٕ رٕکتھٕ ، کُس ، کیاہ ، کتہٕ ، رٕکتھٕ کنٕ

دگ ، افسوس ، خوٚشی ، امید تہٕ راوَن تیوٚل

سوڑے روو

ہوکھیہِ اندر رٕ ے زَد موسم

ژٕ شہِ ہٕری ژورتہٕ ژھیوٚ نمُت پوژھ

وَق : اکھ وۄش اکھ واقعہ اوس

منز سونتس چھجدار گُلِس

اکھ نیوٚل وٕتھر زَن پیٚیہِ ہے وٕسی

اۄند پوٚکھ سورٕ ے لرزان اوس

وَق : یَم میانۍ سُخن، یَم ناد تہٕ یَم فریاد

پٔھی پَن گردِ اندر پیہم شرٕ پہٕ وُن شور

کانہہ تہِ صدا چھُنہٕ بیوٚن تہٕ بدون

ہوکھیہِ تہٕ رَے زَد موسم یوٚدٕ چھُم براد یومُت

چانِس خواب گہس شاداب شُہُل پوٚشِن

تَتھ پَلہِ نہٕ ہرگز کانہہ ژھَٹھ

تَتھ مشر پھٕ کیٚو چھجدار گُلیٚو

کرٕ یڈَو، چھار یٚو، راۓ ٹھَو، گہلیٚو

ہیٚرِ بو نہِ اندوَ ندوٚو لُمت پان

توٚت چھُنہٕ ہرگز کانٛسہِ گُذر

خلوَت خواب گہس منز روزَکھ خواب وُ چھان
پراران توٚت تاں...... تٔسی شہزادس

یُس کُنہِ یوگہٕ پیٖہِ چانی برٛ آنزٕ
مُہمن تن دِتھ، سورُے ترٛ اوِتھ
نٔیند رِہتیں ٹارٕن تنبلیو مُت بوسہٕ دِیِ

أچھ مُژرَکھ، ہر سو ڈیشکھ
سُے رنبہٕ وُن، سُے اسہٕ وُن، پھولہٕ وُن آدن کال
گُلی تِہرِس پیٹھ کُکِر لاہ ہوٚ ہوٚ نالہٕ دِوان

30 اگست، 87ء

# وُژن

سونتُگ مدٕ ہۆت، سنہٕ وُن ساز

ساتھ یہِ شیٖتل، پھولہٕ وُن راز

وولان اندری اندری     شور

پگھ ہٕژ رَ ودرواژن تور

دِلہٕ کیٖن   خلوت   خانن   منز

اۆبرس   بُکھ ، بارانُک   سَنز

نژِ   ناہ   اِدٕ   تنبلیوٗمُت   مور

پگھ ہٕژ رَ ودرواژَن تور

صدین   ہندی   سرحد   ژٔڈ   ژٔڈ

آسَے   لُکہٕ   نظرَو   کھٹٕ   کھٹٕ

از   کھُلہٕ   ڈُلہٕ   وَتہِ   ژٲوَو   دور

پگھ ہٕژ رَ ودرواژَن تور

ژیٚتہٕ او سُے برجستہٕ پھوٗلُن
میٚتہٕ اوٗسُم بُلبُل تمبلُن
پَتھ کُمی زیون تہٕ پَتھ کُمی ہور

پگھہ مژ رَو دروازَن تور

اگرس مگرس بَس ووٗنی کر
چھکرنہٕ یِتھ چھُم سخ بانبر
طوفانن ہیٚتی ہاوٕنی زور

پگھہ مژ رَو دروازَن تور

18 اگست، 87ء

# تُہۍ تہٕ بہٕ

○

تُہۍ تہٕ بہٕ کرتاں یِکہٕ وَٹہٕ درا یَے
اکھأ کٕی سُند اندازٕ رٹِتھ
یُتھ نہٕ کہٕنہٕ کانہہ روزی
تُہۍ تہٕ بہٕ درا یَے کھوٚژِتھ یِکہٕ وَٹہٕ
اکھأ کٕی سٕنز آواز بٕنِتھ
یُتھ نہٕ کہٕنہٕ کانہہ بوزی

○

ساس أچھن تُہنزَن بروٚنہہ کنہِ چھُس
ژھٕپھ دِتھ راواں باضے
تُہند یٕن حُکمن مُشراواں
ساس اَتھَن میانٕین چھوہ ہنگہٕ منگہٕ
نیتہٕ سوٚ تٕناواں باضے
میأنِس مٔرس ویٚہہ کھیاواں

○

تُہند ضمیر چھُ پرانٛین پوتھٕین

أزی کیٛن منشورن تابین

نفع تہٕ نُقصان أنز راوان

میون ضمیر چھُ لوٚہوٚت خوشبو

یَتھ نہ چھُ دیٖن نہٕ کانہہ آئین

برٛیہہ وٕنی جہنم ژھٔیو راوان

○

توہہِ ایمان گُہستانن ہُند

شِٹھٕ سنگلاخ شِشُر، سنگر محکم

یَتھ انجام فقط ٹھہراو

میون دُہلی تاپٕلی بُرا ے تہٕ

روٗتلی ژھایُت یٚیہِ سرگم

نیٚہہ گٹہِ لوٗ پزٕ دُک نپہٕ ناو

O

تُہند محبت حیٚسہٕ ٹیٚپٕر ژھٔٹھ یتھ

کھسنہٕ کھسُن، لوٚت پأٹھۍ وسُن

پَتھ چھِو یاداہ رٕ ژھراوان

میون محبت واوِ رٕنِ پیٚٹھ

پنہٕ وٕتھرُک بے وایہِ نژُن

پژون نہٕ پرانان نوٚو تہٕ نوان

O

تو ہہِ یُس غم چھُو ہرس کھأرِو

چھأپِو یا اِد نشر کٔرِو

کٔمی نہٕ یہِ پنُنے پنُنے زون

میون یہ غم وٹسیو مُت ووش کانہہ

اَتھ کمہ کمہِ باشایہِ پٔرِو

میون یہِ غم بس میو نُے میون

O

مُد یہِ وُچھو تُہۍ اسمانس کُن

پیران باسیٖو مَن سلوا

پٔنٕنی منمتھِ ہُند ہُند تعبیر

میون یہِ اسمان ژٔلہٕ وِنی سرحد

شُنِلٕین منز آوازٕ صدا

میانی ژھر رُک نوٚن تصویر

O

تُہۍ وَتہٕ پٔدی پٔننی گنز رأوِو

یُس تہِ ٹٕلو پوٚد چھُو حاصِل

ئرٕ گری تَو ادٕ چھُو کانہہ سَتھ

میأنی وتھے پادَو تٕلی ژٔلہٕ ؤنی

یَتھ نہ چھُ گوڈنہ کانہہ منزِل

توٚری نَیم ییٚتہِ چھَنہٕ کانہہ وَتھ

O

تُہۍ فردوسۍ قدم ییٚتہِ ترٲوِو

ہوکھیہِ دَزَن تتہِ مسولی باغ

ؤلۍ وِقدم شٹھیارٕ کہِ زالہٕ

میون یہِ دوزٕخۍ اَتھٕ وُزناوان

وُپہٕ بالس منز کوثر ناگ

مُہہٕ مسوَل سگوٕم زُلالہٕ

O

تُہۍ کھوٗژِو بُنلئین طوفانن

خوف رٕٔژِو سہلابن ہُند

چھِو سنگین قلاین منز

میون یہِ خوف شۆنگِتھ خاکس منز

چھُم نہٕ یہِ نارَن آبن ہُند

روزٕ بہٕ کتہِ جایَن منز

O

خوش چھِو ییٚلہِ سہلاب بُنوتہٕ

بٔڑھی نہناٚوِو، کوہ کھیٚن تراس

چھُو خوشیٖن کانہہ ناو تہٕ باو

میأنی خوشی بس لائمٕنز درٕ منس

ناگہٕ جو یاہ اکھ چھٕکرنہٕ آس

سبزارس پیٹھ زٕژ نپہٕ ناو

O

تُہ امہِ آیہِ زُوان چھِو زُوی تَو

چھُم نہٕ تماہ امہِ آیہِ زُوٗن

گَہہٕ کھوٚژِتھ گٹہٕ زٚول پھرٕ کوٗن

تُہ امہِ آیہِ مران چھِو مٔری تَو

بس یَژہٕ ہا تِتھہٕ پأٹھی مرُن

ناو کٔڈِتھ سوکھہٕ سوو شوگُن

O

باضے توہہِ منز ژھیٚپھ دِتھ رٔدُس

روٗدُس سیٚکہِ شاٹھُک سیٚکہِ پھوٚل

وٕنرأوِتھ یَتھ ہیٚچ نہٕ نظر

باضے آوٕ ژٕستھ تُہندُ ے

ہنگامہٕ تہٕ سورُ ے میٚے منزڈ وٚل

پتہٕ اوُسُس ژھوٚپ د وٚپ محشر

پتہٕ اوُسُس ژھوٚپ دوٚپ محشر

دسمبر، 86ء

# پانژھ نظمہٕ

## گیوٚر

گُہل ، گوٚن شانت جنگُل
تہٕ تتھ منز اکھ کُنےٚ کُل
کمہِ تاں واوِکہِ زورٕ چھُ گیراں، گیراں کوٚن زوٚن پانس
کمہِ تاں واوِکہِ زورٕ

## ہگھ

منگ موٚت ہرنہٕ، ہانگُل
أچھن ہُند شوخ بُلبُل
خوٚنج ہگھ بوٗزِتھ ژٲلی کوٚت تاں، سٲری پانس پانس
خوٚنج ہگھ بوٗزِتھ ژٲلی

## کاٗنُل

توٚ رُکھ رہدار بالکل

بۄ لرزاں وُنہِ تہٕ کاٗنُل

پُپِر ہٕرٕ ند چھَم أنہٕ مے ہاوان، بُٹھر و یٔسرییم پانس

پُپِر ہٕرٕ ند چھَم

## گوٗنگُل

کوٚرُم پر یٔتھ واپھِ گوٗنگُل

کھہس کھوٚت نہٕ کٔہنز گُل

از یٚیمہِ لایہِ تہٕ کھَہہ چھُس وایاں، بے غرضے، ئلہِ پانس

از یٚیمہِ لایہِ تہٕ

## پاں چھُل

کنٔین ہُند سبز پاتھُل

رٔہِتھ تَخ بستہٕ پاں چھُل

اوس سرَن حرکت ہیٚچھناواں، از اُفتادٕ چھُ پانس



اوس سرَن حرکت

# وَندٕ

شینٕے شین تہٕ کُلی گنزرس منز میون یہِ گام

برٕ برٕ پہر دِواں ہانیومُت ژھوٚپ دوٚپ شام

بوٗنہٕ پوٗرِس ، ہیٚرِ پوٗرِس، بُٹھی پوٗرِس گُنی گَتھ

چھُنہٕ یُتھ شینٕے کاںٛسی وُچھمُت ازتامَتھ

وَنہٕ پتہٕ آرٕ پتھر ، پتہٕ واٲراں ، پتہٕ وِرِ وار

خوابس منز اوٚند پوٚکھ سوٗرے تہٕ بےٚ بیدار

مٲزی پھٹ گُل کانہہ، کرٛایِھ تہٕ سوٗرے ترٛاس کھیٚوان

کلہٕ نوٚمرتھ گُلی میٚٹھے ہٕتی کانہہ خواب وُچھان

گُنی زٕنی ژٕرِ ہَن اَلِس منز کرٕچھِ وُشناوان

ژھٹِہ بزٕی گُمی تس جورس پننس وُزناوان

دوسہِ نِلہٕ ؤڈی تٔلی گگراہ ژرژاں طرفاتن

معنی ژاراں شِنہٕ تٔلی کرٕدچن آوازن

شینن وَتہٕ دوٚبراوِ تہٕ موکلیٚے امکانات

برٛاندس پیٚٹھ وُنی ہَنہِ ہَنہِ شرٛ پریٖم ترٕہونی راتھ

# غزل

از چھِ مشکِل ، تہٕ طرحدار تہِ باسان آسَو
وق پگہہ آسہِ زِ بے شکل تہٕ آسان آسَو

بێیہِ تہِ دوہ ٚکتی پھولن ٚستی انن نٲوی امکان
ہاے پرێتھ شامہٕ تێمی آیہِ پشیمان آسَو

أسی چھِ زانان کُہُند سَہوٕ ، چھِ کیا حرفِ غلط
پانٕسے نظرِ تلٕے کیازِ نمایاں آسَو

شِکمہٕ کِس بند قلایس اندر آکٲش ۄڑو
توتہِ انسان زیٖنے آسہِ تہٕ انسان آسَو

یٚیلہِ تہِ پوٚت زونہِ تُلاں وُٹلہٕ پٔتِم ہُری آسَن
ژھایلێن سایہِ منگان خواب پریشاں آسَو

نیرٕ اِدٕ زانہہ تہِ نہٕ پوٚت پھیرٕ، مگر
توتہِ پیٚتی جاے رٕٹتھ خوف اویزاں آسَو

خاک یوٚدسپدِ گُل اندامی گُناہن میٚیے ستی
سرٚ یہہ تہٕ وُشنیر پیٚتێن میلہِ، تہٕ بُران آسَو

ہاے بے شٔخص بہٕ کیاہ پڑاوٕ، بہٕ کیاہ باوٕ کٔمِس
باوٕ تیٚیے زنتہٕ کھٹان کیٚنہہ نتہٕ کیٚنہتاں آسَو

1 اگست، 85ء

# غزل

جشنہٕ وعؤژ ، دِوَے مناواں أسی
پانہٕ نِشہِ پان ژوٗرِ تھاوان أسی

خوفہٕ ہٮ۪تی أسی اکھ أکِس لٲرِتھ
اتحادُک کمال ہاواں أسی

کومہِ تھاوِتھ رٕٹِتھ سیاہ مرکز
شانہٕ دِتھ آرٕ دٔرٕ تھاواں أسی

تمہِ سحرُک یُتے ژٮ۪تِس روٗدُم
أسی رُخصت ہیٚوان ، راوان أسی

وَق زِ ہاوِس گیوو گُلابن ہُند
لرِ پھیرٕنٮ۪ تہٕ باغ چھاوان أسی

وق زِ وۄپدآوی درمیان جنگل
وق زِ کیا پرٛدِ کانہہ نہٕ زٕ رواں آسی

از ژٔے وُچھتھس شِٕنلی سِرن ہُند وَٹھ
زیرِ پھولہَو تہٕ وونٛدٕ باوان آسی

بٔیہٕ سۆمبرِتھ اۆنُن تہٕ بارِ لۆدُن
پانہٕ ازتاں یہٕ راوٕ راوان آسی

بُتھ لٔدِتھ تھر پھرِتھ سہُ ژۆل یَس کَتھی
شوقہٕ گٔری گری تماشہِ تھاواں آسی

1 مارچ 85ء

# بہار

نظر وُزمَل تہٕ گتھ سۆمبُل تہٕ وُشنٔین منز اتھن سونزل

ییٚنم سأری سٕمتھ پرٛژھنم : یہ کیاہ چھوٗتھ ، مےٚ ہأوُن چھُم

پھۆلِتھ یمہٕ درٛمنہٕ کانٛج بیرِ، بٕٹھی بٕٹھی ینٛج، ئری بمی پوش

گُنٛے اکھ پان ژمٹھیوٗمُت، شِٹھیوٗمُت وٕہراوُن چھُم

اژُن چھُم بُلبُلس أچھ منز تہٕ ساٗمنٛز نیلگون منظر

بٕنتھ حقدار سبزارک کھٔٹِتھ کرٛیہنیار تھاوُن چھُم

ییٚنم پھۆلی مےٚ بادام وارِ تہٕ وۄلسن شِہلی منظر

مےٚ پربت شیلہِ چھُم وُشنن تہٕ مۆشمُت یاد پاوُن چھُم

پھۆلِتھ ییٚہ کینٛہہ نہٕ منزٕ پوٚنپرٕ تہٕ آوٕرِ وَن، بیاباں ، ڈَل

تہٕ أتھی رنگا برٕنگی فِضہس اندر اکھ گراے راوُن چھُم

چھُ سونتس یُن ، وِسُن، توشُن، چھِوُن أخر گرٛشُن واپس

شُماراہ ڈٕلوٕنس سونتس شہن نٔکھے مےٚ تھاوُن چھُم

بہار اکھ لفظ، بس اکھ لفظ، زیٚوِ یُس کھۆت تہٕ وأتتھ پیٚو

ٹُلُن بس سمیہِ سۆدرس اکھ ملرٕر، تتھ ناو تھاوُن چھُم

# غزل

موٍسم ڈٲلتھ تہٕ گَل چھےٚ خیالس، بہٕ کیاہ وَنس
خوٗشبو لبُن یژھان چھُ گُلابس، بہٕ کیاہ ونس

ڈیشُن تہٕ بَس وُچھُن تہٕ وُچھُن شوقہٕ سٔری أچھَو
تُلی تن سہُ پانہٕ ٹھان خزانس، بہٕ کیاہ ونس

ڈٲج وُڈر پتھ یہِ ڈوٗلی تہٕ ڈٲلی نظرِ تاپہٕ برٛنگ
یَتھ جایہِ تیٚے کہرِ مےٚ ونٛیم وَس، بہٕ کیاہ ونس

پوٕنپری پکھن تہٕ ہردِ پنٛس، گردِ شاٹھ لگٔی
راوَن گہَس یہِ گرٛاے ہواوس بہٕ کیاہ ونس

پَے چھُم یہِ زِے أزِچ چھےٚ پگہہ گاٹہٕ با پتھےٕ
دۆ پمُت چھُنم ژٕ تام اسان لَس ، بہٕ کیاہ ونس

افسانہٕ پھُٹ تہٕ نظرِ گٔیَم گردِ ۂتی خلق
پرٛژھی تَن ژٕ وَن سہ ولتہِ ووٚل گُس کس ، بہٕ کیاہ وَنس

گَٹہِ منز شرٛ پِتھ تہِ ہیٚچ نہٕ کھٔٹِتھ ژھاے میٲنۍ زانہہ
ہَن ہَن گنے یہِ ، آیہِ کلامس ، بہٕ کیاہ ونس

پُشرِن مےٚ پرٲنۍ بانہٕ ،ڈوگُر، وَس، دۆ پُن ژٕ گر
ہیۆکھےٕ نہِ دِتھ گرتھ مےٚ موادس ، بہٕ کیاہ ونس

1 اکتوبر، 84ء

# غزل

{فیروزنہِ ناوٕ}

نرِ یامتھ ژٕ آلوان چھَھم
رووٗمت زَن دوہے لبان چھَھم

دوہلہِ ہنز ہارے گرد ہیٚتھ آسے
شام سپدیو أچھَن متھان چھَھم

دُنیہکی آوٕلنز بہٕ چھُکروٗس
توتہِ سوٚمبرِتھ نوٚ وُے گران چھَھم

چانہِ یمہٕ چشمہٕ رووٗمت فردوس
توٚگ نہٕ لبنُے، ژٕ وتھ وُچھان چھَھم

ہاوٕ ہے ٹلِہ ، زِ رِکھِہ چھِم ماںڈان
ڈَنجہِ قدمن دوہے رَٹان چھَھم

چاۓنی یم خندٕ، چاۓنی یم گُفتار
شورٕ بُزی گرٛشھنہٕ پَتھ رَٹان چھَھم

چھُس بہٕ ژھوٚپ لفظ پانہٕ نِشہِ انزان
ژٕے عبارت گُرِتھ پران چھَھم

سمیہِ کولہِ دون بٹھیٚن چھِ رہرَ و اُسی
آلواہ دِتھ ژٕ سَتھ دِوان چھَھم

تاپھ اسہِ دون وُنکیٚن چھُ شانن پیٚٹھ
چھُس بہٕ پکوٚن ژٕ تے پکان چھَھم
اتھِہ ونیسران ، موچھِہ چھِم نرمان
ژِہی ژٕلونی، ژٕ زَن ژلان چھَھم

24 جنوری،84ء

# غزل

وۆنمے نۂ بۂ چھُس بالہٕ پیٛٹھُک لالہٕ ، لٲبتھ چھاو
چھُس کاٛم ضروری، ژٕ دفتر واتھ تہٕ انزراو

خاموش ژِھیٛو وٲلی تم دیوار زٲلِس تل
وۆنی وَتہٕ وُچھان دارِ زِے چھَم أچھ زٕ پٔکھ بُتھ ہاو

کھۆت تاز بُرٕ ، پھۆٹ ، تہٕ وٕسِتھ پیوس ژٔکس تل
وُنی بیاکھ بُرکھسہٕ ٹُلیٛم ، توشہٕ ناویٛم واو

بٔیہٕ زاہ تہٕ اگر خوابہٕ شہری کِنی ژٕرے لٔجی وَتھ
کر کوچہٕ پھیُراہ پانہٕ تٔتی کوچہٕ نٕے منز راو

اِدٕ وُچھتہٕ لٔگھ أشناوی ساس وٕری پرٲنی
کتہٕ آکھ، کۆتو درٛاکھ ، متیو حال پٕنن باو

منہٕ ہرنہٕ تہٕ ژٕیتہٕ تورگ تہٕ بێیہٕ نظرِ ہُند شہباز
اکھ حادِثاہ ترٛشوٕنی یہٕ سبق میون بٕنتھ آو!

آغازٕ بروٚنٹھے اند یَتھ اند وأتی تھے آغاز
اکھ میٹھ دلیلاہ تہٕ تَتھ منز سأنی آمتی ناو

یورَے سہٕ ژاریو حشمتہٕ دوٚبی دژاو پلو ہٕیتھ
اِدٕ تورٕ پریشان نٕیتھٕ نوٚن کیازِ نٕیبر دژاو

یوٚتاں بێیَن ہنز وَتھ ژٕرے باسی گُمرٕہی ، تَوتام
ہا رأوی ٕمتیو رأوی ٕمتٕین رٕژ وَتھاہ کانہہ ہاو

موٚت شوقٓ فقط شوق، سبز نار ، شُہُل نور
ہے خاک ؤلِتھ آو دماہ ، خاک دٕنتھ دژاو

5 جنوری،84ء

# غزل

بێیہٕ اکھ چانٛژ نظر، گرٛزتُلم خشک آرو
بێیہٕ وُزناوی شوٚنگِتھ خواب گوپھَو تہٕ گارو

بێیہٕ بے والیہٕ نلیٚو نیٚل، ہوا لوٚگ ڈلنہٕ
بێیہٕ تٲتھی ژھمبرِ مِلس ژھایہِ گتِشن پَتھ لارو

بێیہٕ منز راٲژ برێہل وُزملاہ اکھ روٗزِتھ
ووٚدیہِ تاں ژھایہِ وِساں نیری، وُڈٕری تہٕ نارو

بێیہٕ گٔے تظرِ صرف دارِ تہٕ بر، لَر نہٕ گُنی
بێیہٕ بردا سہٕ اٲژِتھ جاے پٕنٛنی اَسی ژھارو

یِم وٕپر لۆکھ مگر نظرِ گژھان وٕیدٕ انہار
بێیہِ تہِ کێنہہ کال اَو یۆد روے لُکن منز گارَو

بێیہِ تہِ یِم بال، وُڈٕر، ڈَل تہٕ یِم پَل سوچان
گَرِ انسان ژٔلِتھ کوت یہِ آرَو بارَو !

یُتھ نہٕ خاأرِج مێ کرَن، رٔژٕ مێ قدم قدمن ستۍ
جاے دِژٕمژ چھێ پَریڈس اندر گٔھ تاں یارَو

بێیہِ لۆگ شونگنہِ شفیع شوق کٔڈر راتھ گژھِتھ
بێیہِ منہٕ نوو تہٕ رَنزنوو سۂ پنٕنیو شارَو

13 جُلَے، 83ء

# مَن کرُٕہ

پانہٕ رٕٹمٕژ جاے تھزرچ : پھاسہِ کوٗٹیک آوٕلُن
نألی گأمٕژ پوشہِ مالٕے زن گوٗبیَم کھأر ، مَن

نظرِ روٗستےٚ أچھ تہٕ یم انہارٕ روٗسی بُتھی بے شمار
برونٹھٕ کنہِ چھُکھ میون مشکل: چھارِ پھوٗ سمُت اوم پَن

چھُم نہٕ پادَن تَل کہنہٕ ، پیٚٹھی آسماں نیٚوٗہَم وٕٹِتھ
زیوِٚ پھوٗٹمُت نوٗن ہوکھمُت گیگ تہٕ تھتھر ارے وُٹھَن

جِسہٕ وٕیسرِتھ رُم رُم آلٕژھی زٕلری زالس وٕلِتھ
مال کٕڈٕ ہا نالہِ کُنہٕ کنہٕ چھُم نہٕ سکتھٕے ترِٹھ اتھَن

ٹوپہِ ٹوپہِ واں ہُم بزرگ، فردِ ؤلی ؤلی رو سفید
ہُم جواں جُڑ سینۂ ہٹتھ، بَد بوے یَمن ؤژھمِڑ کرژھَن

ہُم تمنٔی لد پاژھی لاگتھ زنہِ پھسرارے کران
یم کرژنزل، یا ہُم یڈَل انہری شہِ میٹھے مڑ کتھَن

وسہٕ ہا بون وَسہٕ رِکتھ کنٔ، وسہٕ، چھُم کوٗن گرژھَن
نالی گاٸمڑ مندچھِ ہانکل وَلنہٕ آمڑ چھُم زنگن

کاٗر نَمرِتھ ژھارِ ہا وَتھ چھُم نہٕ تَتھ رووِی سَمَن
اکھ ژیہا یم اچھ ہُکن پھیرِتھ مے تنہا تراوِ ہَن!

9 جنوری، 83ء

# زندان بے دیوار

سفر تہٕ وُنلہِ وٲلتھ ژُیہہ، بےٚ ناو کروٗٹھ سفر

تمام زور پریشاں، خراب خواب تمام

چھُ بروٗنٹھہٕ ساس وتن ہُند یہِ مێلہ تہٕ راے نہٕ کانہہ

بٔنِتھ چھےٚ بریڈِ پٔنٕز فرصتھاہ ، گنان چھُ شام

ازٲنۍ خطرٕ بہِتھ زاگہِ ژوٗرِ ژھایہِ ہلثین

بتنگ فوج بجنگ پانہٕ وٲنۍ ، گٔرِتھ چھُ قیام

پرٛیتھ اکھ سپاہ ووپر زنتہٕ لشکرس اندر

پرٛیتھ اکھ بہِتھ چھُ بیٚنِس زاگہِ سوکھ آرام حرام

# غزل

مےٚ، تہٕ میأنِس دُنیہس تیُتھ میُٛل بِنٛتھ
زن زٕ پھرکہٕ ہُتٕی سہہٕ أکِس اکھ چُھی ژھنِتھ

یاونٛک مَد وۄتھ، وۄں خأ لی بۆزنۍ شُمأری
زنتہٕ کتھٕ گوٚر شونگنہِ لوٗگ سوٗرے وٕنِتھ

سون آنگُن ژاو کیا، ٹھٔہریوو وق
زنتہٕ سوداگار کانہہ سوٗرے کٔنِتھ

از ژےٚ نبش سپدُس جُدا، اکھ پوشہِ مال
زنتہٕ کٔڈٕرش نالہٕ وُزٕ ، ترأوِتھ ژھٔنِتھ

میون آسُن کیاہ سرکھ ، کِتھ کنٔ لبٔکھ
زَن تہٕ دِورِس منز لبَن اکھ ووش سٔنِتھ

ہوکھیہِ لَد یَتھ موسمس منز چاۂنٛ سَتھ
زنتہٕ دودرِتھ ویرِ نوۂچ گل گٔنِتھ

میٚتہِ پٔرزناۄم پگہہ شُنٛزسوو وق
زنتہٕ ہُنٛز کھنڈرن لبن ناواہ کھٔنِتھ

خوآبٕ ڈیوٹھُم لرِ پانس صبجنس
أدرِ میٚژٕ پٔیٹھ پوشہِ ہَن پیوٗمُت چھیٚنِتھ

شوقہِ روٗسی یم شار شوقنٛ کیا پرکھ
زنتہٕ دراٰمژٕ خامشی کریکھاہ بُٔنِتھ

# غزل

پرٛیتھ چوکس منز سُے اسہٕ وُن پأتھر چارَے
پرٛیتھ کرٛ ٚیہنیارس نۆو نیہٕ وُن روغن کھارَے

وَتہِ وَتہِ خیمہٕ دِواں پھٲلے ہٕش خاموشی
برٕ برٕ کن دِتھ وُنہِ پھیراں اکھ پھِسرارَے

از رووُس بےٕ گردِ اندر وَتہٕ پٔدی ژھاران
تہند پیٚچ اکہِ دوہہٕ پھِرناو ی ٚے میٚے پارَے

گُلۍ گوگرِس منز روتلہِ ژمہٕ وُن وُہہٕ وُن بُتھ
پرٕ ژھیٚنہِ ر ٚیہہِ نۆژنس، د ۆپنس گجسَے نارَے

سأری منظر ییٚلہِ شرٚ وپرأوِم دیٚدن منز
قدمن تَل موٚٹھمُت منظر رووُم وارَے

تَنہِ ہٕژرِتھ تن وُچھےٚ ییٚلہِ ییٚلہِ گاشس منز
تن ترأوِتھ ژٕ وٚلہم اند وَن، کوٚت سأ لارَے

تَن ترأوِتھ بَن نیٚری بہارٕچ خوشبو ژھٹھ
وَن وأران ژھٔنڈی ژھٔنڈی ہووإ رنگاہ گارَے

وُنہِ چھم نظرَن تَل تِہرس پیٚٹھ بیٚنہِ کیٚنہہ پوش
مَتہٕ وَنتَم کیٚنہہ تام مُدَے لأ رِگتھ پژارَے

شوقس پنٕنِس أچھ ٹارِٛن تَل سیٚکھ ووپدان
بیٚنہِ کانہہ نوٚو خواباہ ییٚتھ یِتہٕ سوداگارَے

11 جنوری، 82ء

# مسأفیرتہٕ جاناوار

''وُچھ، وُچھُ .......... ہۆمہِ نبہٕ ڈٕندی ہا

نیچرٕ ٹیۆک پکھِ واش کڈان!''

''نبہٕ نیچر تڑ آوِتھ

مےٚ چھِ نظرَن تل تاپلٕ زُوی''

''وُچھُ وُچھُ ..........

سبزٕ رِکھاہ اکھ......نبہٕ نیچر ژٕڈٕ ژٕڈٕ

لۆت لۆت......کاڈ کڈان،

وُچھُ، اسی گُن ہا!''

''حِس کر، یہِ چھےٚ راوَن گَل''

''وُچھُ وُچھُ......وُچھُ وُچھُ!..........ہیۆر گُن ہا

پکھٕ وہرأوِتھ جاناواراہ

قدمن پیٹھ تہِ ہاژھاے پیۆان!''

پتہٕ کیاہ سپد یوٚ......

اندوَند رنگہٕ وُنل

گاسہٕ کرٛچن، پنہٕ وٕتھرَن، گلٕ گوڈَن

پرٛیتھ کُنہِ دأن ریٛہلۍ وٚول پان

تاپس گۓ پھیٚتۍ، ہوہس گیہِ زٕٹھ

ژمہِ پیٹھ اوُسس پکھہٕ تیرٛن ہندِ وُشنیرک جودسزان

وُشنیٚن تیرٛن تل باسییس

سارۍ وَتہٕ زَن ژٕمی ژٕمی آمٕژ

رنگہٕ وُنل ییٚلہِ ہنہِ ہنہِ ژٕنٛی گیہِ

ڈینٛٹھن أچھہٕ مژٕ راٗوِتھ ڈینٛٹھن

کنہِ باپچ اکھ کھژٕ پھ......تنگ تہٕ حدٕ روٚس

أچھ والکو نشہِ سوٚتھے دوٗر

نظرَن ہندی پیٚتۍ أسس گنِلس پیٹھ مونڈٕ نی ہیٚوان

کنہٕ تیٚھِن تل اوُسس

وُشن وُشن پکھہٕ واو گرٛشان

19 اگست، 81ء

# غزل

دۆپنم زِ ژٔے کیاہ ناو ؟ گُنہگار دپیامس
گُٹھی کوٗنہٕ رٔٹتھ چھُس بہٕ سزاوار، دپیامس

وُپہٕ بالہٕ پھریٚک راز گِپتھ چھُس بہٕ ہپان...... یا
سنگسار کانہہ اَوتار بہٕ ، بیزار ، دپیامس

پھٔری پھَہہ تہٕ یۆتاں نیوٗم ژٕہتھ شینہٕ طُفانن
چھُم سونتھ پکھن تَل مےٚ گرفتار، دپیامس

وولہٕ گوپھِ اژٕو، پرٲنی سوے پھِسراے سرَو أسی
وولے یہٕ تھُتھے واوٕ سیاہ نار ، دپیامس

تمہٕ کُتی جہِ اُنتھ تونتہِ ییٚتھین بیول ؤوِتھ گے
تَتھ نارٕ وُڈٕر باگہِ چھے گٹہٕ کار، دپیامس

اکھ بوسہٕ سبز پٕرٕی یہِ اگر ووت، ژلیٚس شاپھ
طوٗفانہٕ ؤلِتھ زوٗو، نہ کانہہ تار، دپیامس

یِم موٗنٕی ژٕتری ازتہِ کراں خنٛدٕ مےٚ ہےَ چھِم
ٹھہراوِ قدم بوزِ اُتی زار، دپیامس

ییٚلہِ بالہٕ تھونگیٚن پَتھ چھِ گرزاں ڈول وزاں نےَ
شوقس چھِ تیٚتھے بُگہٕ وُزاں شار، دپیامس

1فروری،81ء

# پٕینہٕ وآلی سٕندِ ناوٕ

أسی دوٚنوَے پراران، وُڈٕ رِوٗستھ بوٚن

نارس منز پکوٕنی

بوٚن بوٚن پوٗرٕ بۍ پڑٕ نرٕچ یادمدٕ ریٛتھ

بوٚن بوٚن یوٗگن ژھایہِ گنان

کٔدلس منز باگ روٗزِتھ

ژیٚے پراران أسی دوٚنوَے ییٚتہِ نس

دریاوٕ کۍ ٕگتھ گیرٕ وُ چھان

آوند پوٚکھ سوٗرٕ ے کٹہٕ گٔش ٕترٕ نیارَن شٹھرٕ وو

دوٚنی چھُم جلدٕ ے عاصہٕ تہِ پھٹرُن

خرقہٕ تہِ ترا وُن

خلوَت گوشہِ رٹُن ییٚتہِ

شَہہٕ کھس وَسہِ پیٹھ ژٕلونی بڑنزی چھم گنز راوٕنی

چوٗن یہِ گوٚٹ ہیوٚ انہِ گوٚٹ دُنیا
یێتہِ نہ چھےٚ نظرٕ ے قد کانہہ مینان
نہ چھےٚ کانہہ ژھایی قدکہِ ونتیُک میژٕ بنان
نہ چھےٚ کانہہ نظرٕ ے، نہ چھےٚ کانہہ ژھایی
منز اتھٕ میون چھُ چائٕنی یہِ سوٕ سرار ے ژینتھ
چانہِ وجوٗدُک گواہ بنان

انہِ گٹہِ نارٕ کھٕسِتھ ہیوٚر
تاپہ وُڈٕری وَتھ ئدراوٕنی
ہرسوتاپٕھے تاپھ، مگر
تاپھ چھُ اَکرٕ ہے پاسس پرٛیتھ وِزِ گہناوان

واش کٕڈِتھ، ژھوٚٹ دنیاہا چاک کٔرِتھ
تاپھ پیٛوان گوڈٕ شانن پێٹھ
برونہہ برونہہ نپہ کرٕ دُن ژونگ

سِری تیچ سَتھ ترآوِتھ

ژآ نگِس پتہٕ تراوِنی لاچھ

ژونگ ژلان اِد زالیٚو منزی

پتہٕ پتہٕ دوران آخر منزِل

تندلو تندلو نپہٕ وِنی ژآ نگی

ژانگیٚن منز کانہہ آرٕ ٹتھ اتھٕ ژولمت ژونگ

پیٚتھی ژآ نگِس کُن ئرزیٹھیہِ

گرٛنز روٗسی نِرِ و وتلان ہرسو

أندی پکھی موسم حسرت ارمان مُشراوان

نظرَن ٹھرِ اکھ رنگہٕ وُنَل

سنہٕ وُن ریشمی سوز چھُ گوشَن مُدراوان

خوشبو ٹارِیٚن گوٚ براوان

پیٚتھی ممنوع میوٚس کُنہِ مزٕ وُچھ

تِتھی یوٚ ژھ دہہٕ گنہٕ ممنوع آسُن

دِلہٕ دُبرایہِ پیٚٹھے یِم نمکین ژِہی گٔنزراوِنی

پیٹھی چیزس کُن بارِ گوئیمتی ٹاڑی ووتھان

تورِ سہ زامن گری گری باوان پڑی یہ کیتھاہ

پرینتھ کانہہ شوٗ نگمُت ...... کِنہ ترٔ ہر یومُت

پڑ نس بُڈِ سندِ قہر کہ کہ شُہر

بوتل بنداوس جِن تُمی کوٗ رمُت

جِن اوس ووکھ، سہ خوشبو بَنٔ بَنٔ

اکہِ اکہ سارنے نستن ژاوتہ خونس شرٗوپ

یکدم دوٗرِ گرٔ ھان گرٔز ہیُو

نکھ تَل گردِ اندر اکھ لشکر نَنہِ کرتلہِ ہیٖتھ

اکہِ گُمنام قبیلکی ژھی زِھی سأری

بُڈ، شانشل، بدخوے...... اکہِ اکہ سأری کتراوِنی

بُڈ سردارتہِ آخرکُن زوٗن قیدسپُد

اوٗند پوٗکھ بس کھنگالک گرٔز

بامبرِ منزٔ أنی سارِ ژُلن ...... پرینتھ قدمس پیٹھ کھنگالاہ

پرانہِ قبیلکی ژھی زِھی

ژونس منز ساری وولان
دم دیُت یوتاہ ''بے چھس، بے چھس''
تیوتاہ وولیٚے:
''سائنی پاٹھی ژٕ چھُکھ ناباضے کُن زۄن کھوژان؟
دوہلہِ رنگن پتھ فلوا سپدان؟
بوچھہِ وزِ چھُکھنا تھپہ دِوان؟
بیا کھژٕ ے چھے نا جہنم باسان؟
پانس أندی أندی ما چھُکھ ژٕتہِ کانہہ رِکھ زروان؟
سائنی پاٹھی ژٕ ے چھے نا موچھہِ منز
پرٛ یتھ نورہِ راہ أنی تھپے پرانان؟''

ترٛ یِیہِ ریتی ژٕتہِ وونی واش کڈکھ
ژٕ کرِ وِہس منز کھور تراوُن
پننے لشکر بأغی سپدان
چھۄن تہٕ ژھۄرُے گُنہِ چھپنکی ارِسرِ
پرٛ یتھ موڈس پیٹھ اکھ وَتہٕ میُل

کُنہِ تہِ پشس تَل چھپنہِ لگوٚ

تتھ چھےٚ زدَل ژھیےٚ

ییٚتھی دروازس کُن ہکہٕ لارَو

دَکھ کھیٚتھ پانے واپس ییٚٹھی

راتس بَیہِ کیٚن ہُنی کھنڈرن منز...... راوان، راوان

دوہلہِ پشس پیٚٹھ نبہٕ ڈنڈی مینان

أتھی ژلہٕ لارِ اندر توٚت واتُن یوٚت سأری

ژَکھِ ہٕتی، ہوٕنیمتی، رأوی ٕمتی، ترٛ ہرٕیمتی لُکھ واتان

لزٕ ژ ریٚشمی پردن پتھ کُن مکمل مشرپھٕ راون گاہ

پان تٕتی باسان محفوظ

دِلہٕ آنگُن یوٚد لرٛشھِ ہوٚت، ربہِ ہوٚت

نظرن تَل پھوٚج رنگہٕ وٕنل

ییٚتھی پچہِ کٕدلس پیٚٹھ

ژیٚتہِ آسی کانہہ ٕستی تہٕ أسِو

یِنہٕ واٲلِس پراران پیٚتی نٕے

دریاوکی ٔگتھ گیری وُچھان

اۄندپۄکھ کٔٹہٕ گٲش شِشٹھر وومُت

أسی آسو ییمہِ جایہِ تہٕ ڈٲلی مٕتی

نتہٕ ما آسو ...... انہٕ گٔٹ ہٕکی پٕکی

ژھاین پتھ کُن ......گام پنُن وٲتتھ

گٔٹہِ اندر تحلیل گژھان

ژھینہٕ گژھنٕک غم غم چھُنہٕ

غم چھُم پتہٕ چھُنہٕ سمکھُن زانہہ

زنہہ نہٕ......زنہہ نہٕ......زنہہ نہٕ......زنہے نہٕ!

27 مے، 80ء

# غزل

چھُ میانی ژھایہِ ڈ ی ءمتی جا بجا منظر شہر ہاوان
عدائژ برونٹھِ کنہِ مجرِم ہے چھُس نوی نوی نفر ہاوان

مکمل نقشہِ ہاوِتھ نقشہِ گوٚر یامتھ مےٚ کُن پھیراں
چھُ نوٚو نادیدٕ نقشاہ اَکھ بوڈان ووتلان، نظر ہاوان

ہے چھاوان پوش قافِکی یاتہٕ ہژران برستیم ، یامتھ
چھُھم اگرٕ مگر گرٔی گری پٔنن اڈٕ ووتھ سہٕ بر ہاوان

ژٕ ریشمی لڑژن ہُند زال وَہراوُم، کھٔٹِتھ تھاوُم
مےٚ باغی لشکراہ پٔنٔنے پتے دوران، قہر ہاوان

سیاہ سہلاب ٹیٛنگلاوِیم، ژٕ پرٛزلگھ ژھایہِ ویٛگلاوَکھ
ژٕ اَکھ اَکھ پرٕد روزَکھ تھوٚد ٹُلان ،نوٚو نوٚو مگر ہاوان

نظر وٕزران صحراوس اندر ییٚلہِ پوٚت نشاں سوٚدرٕکی
اَتھَن چھُم تام بے مُروت تہٕ ہندریومُت کمر ہاوان

لبن ہنز سرد خاموشی سرٕنی، ویٛترٕنی تہٕ شر وٚپراوٕنی
گرُک پنُنے وٚتھے درواز آخر چھُم سفر ہاوان

نہ دوٚپنم کیٚنہہ نہ پرٛژھنم کیٚنہہ یوٚ تاں واون نکھن ٹُلنس
وول چھُم تھزرن پیٛٹھے یم پھیٚکی ڈٕنتھ ژٕلنکی مژر ہاوان

بیابإنکی بے معنی حیرتن آوٗر تہٕ گجرووٗن
چھُھس رنگین بازارَو ژٕ با معنی شہر ہاوان !

17 دسمبر، 79ء

# وندُک اکھ شام

دفترٕکی چپرأسی کوچس منز بخارٕین سوٚردوٚن
فلمہٕ اشتہارٕ تصویرن ووں پکی پکی کھونتی ،

گیراں شُرنہِ وایان نوجوان
دٕہ دُہک ووٚتھ بوٚن    ووٚلُن سورُے شہر
بروٚنتھ ہیُوگووکدل ترٕوُن ، تُمٕ تہِ وُچھ ، میٚیتہِ وُچھ ، تہٕ پکی
کوچہِ ہے منز دانہٕ کُٹھِ کُمٕی تاں تِلس پیٚٹھ گاڈ تٕج
وانہٕ پینٛجہِ تل ہونہِ بچہِ ہَن تٕرِ منز چاں چاں کران
دارِ برترٛوٚپرِتھ کُٹھیٚن منز نمدٕ وُشنیرُک سکون
ہُتھ کُٹھِس منز بونگرِ شرٛ وٕنی گوو

راتہٕ کُے اکھ شام از
ایشٹرے منز سورٕوُن سگریٹہٕ بٹ

17 دسمبر، 87ء

# غزل

یپأری دراس تٕسندی پٔدی وُچھان ، پکان
تیپأری تورٕ وتی وُچھ مےٚ کاروان پکان

ژٔٹھ دیوار پدٛین تل سوألی آیہِ وتَے
اوٚ تام اوس جلوٕسَے صدا دِوان پکان

حیا، تمیز تہٕ شأیستگی مےٚ نِش رٔچھ زیٛو
چھُ وحشتُک یہ بیابان بے زبان پکان

وُہان بہ ناگ چھُسے، چھاوتم بیٚوایہِ، لبُم
سیکِلی سراب مہ زانُم، مہ پگھ وچھان پکان

ژٕمی آسہِ ژٕو اَکتھ کُن شکار میون کھیٚمُت
ئلی بہٕ پنجہِ تچھاں، ئلی مشک ہیٚوان پکان

خموش مُدیہِ سہن تھٔوی جہت احاطہِ گرِتھ
ملر ووتھان ، بوڈان ، اہرٕبَل گرزان پکان

ژٕ کونگہٕ پھُلیہِ اگر یکھ ، بہٕ توتہِ نیب دِ مےٚ
لبکھ مےٚ بُڈٕ برنس تَل مُلن ژٕہان پکان

مےٚ کیاہ مےٚ سوٚمبرِ اگر کانہہ وٕٹتھ رٕچھتھ تھاوِیم
بہٕ قدمہٕ قدمہٕ پٔتن پان راوٕران پکان

وُزاں چھُ کملہٕ زَدَو سری یہِ بزم دِوان مگر
ووں کانہہ تہِ شوق، نہ توقا، تھوٚکُس پکان پکان

2 اگست، 79.

# سیاہ دیوارٕ کِس سایس تل

تھرپھرِتھ تھر کُن ......فقط

بے کراں، گٹ راتھ، گوٚٹ وأناکھ وَن

نوٚو قدم نوٚوز یُہہ بےپَرٛژھ

دوٚن کھوٚرن تَل جاے زُوٚنٛچ بژانتھ بس

یہِ چھُ باقی تہِ چھُ

نامعلوم

نا انسان بلاین ہندِ سکوٚنکی آلی کھوٚتی

احتجاجس وأژنہٕ خاموش راتھ

رنگ برنگی سوداگنڈِتھ بوٚچھس گنڈِتھ ووٚنی شاندہیوٚن:

خوٚنہٕ لداکھ پوژھ...... ژکھِ ہرٚ کریکہٕ...... بڈی

دوہ...... دانہٕ بچھِ ہنزِ وٕٹلہِ ہُند چرِوچرِو......موٚدُر

وُشنیر......لوٚب کُن، ژمہِ تیٚہہ ہوٚمراو...... یا آبہٕ

گرٛیہِ منز گاڈِ آہرٛ تچھ اُڈٕ ے...... منتشر تارکھ نبس

خوشخط عبارت لیکھنہٕ آے...... پُرسکون سوٚدرس

اندر شۆنگۍ متۍ ملر بیتاب گۍ...... بۆزۍ متۍ افسوس

کیٚنہہ ،......شاباش کیٚنہہ ......کیٚنہہ مبارک......بیترِ

سۆہ بنہِ ہُند سرٕ یہہ ژٕہتھ کیاہ پزٕ اوِ ہے!

تاپہ تاوس منٛزل ہوٚہس منز ہکھان ساران تھپھ

بے کٔشش بدزیب پان

باگہِ آمُت وآنسہِ پیٹھ

یُس طُفاناہ اوس کانہہ ، اِدٕ آو، گوٚو

میون أندۍ أندۍ آرٕ أخر

ووت پادن تل سٔمتھ

نے گرٕ ھیٚم ٹُھک برس

نے پدٕ یِٚن ہندۍ ہٕٹھ کنڈٕ یِٚن سرٕ یہہ باگرن

نے گنٛیم پوٚت کل، نہ گُنہِ وعدٕ چ ستھے

گر دِزٕ رٕہن

واوٕ ووٚ تھمُت تھوٚ د

شرٕ پتھِ گووگر دِمنز

پڑ اجہِ تُل اکھ لبہِ بورس منز شِٹھتھ

بس سیاہ دیوارٕ کس سایس تلے

تھر پھرِتھ تھرٕ کُن فقط

رنگ برنگی سوداگنڈِتھ بوٚ کھچس برٕتھ وونی شاندہیوٚن

پھُٹرٕمتس قلمس پیوٚمُت وٕسی میلہِ پھیوٚر

پرارٕ توٚ تاں

سایہِ ترٕاوِتھ لب سیاہ ہاویٚم کراماتھاہ

ژھیٚم

یُتھ سیاہی ہُند گنیر وارَے ہُریس

خوف کرٕتل ہیوٚ وچھس منز

انتظار!

انتظار!!

انتظار!!!

وَچھ ژٹان تیز آبی چکھ لمی وٕڈھن نِش واٚژ

ہنگہِ تہٕ منگہِ اسُناہ بٕنتھ ظاہر سپز

# مُجرم

سہٕ ژٲول پانس

سوے اُلج گُنز زٲنی

نظرَو رۆس اٚچھ مُد یاہ لاٚرِ گتھ

ہۆژمو کلاٚوِتھ ژٕلنکی ارٕسرٕ

وَنہِ ہے شاید:

"دلیس نہٕ گناہ کانہہ بارِ چھُ کھۆتمُت

لاٚیِن کنی"

بُتھِ وو شِلیمٕژ

بکہٕ آمٕژ گرٛے

درٕسۆم ژَٹہِ ہے

ہتہٕ اٚچھ دیوس کرِ ہے ژھل

برونہہٕ کنہِ پھٲہلِتھ تاپلی وَتہِ پیٹھ

ٹِکہٕ واوٕج ہیٚتھ ٹُلہِ ہے دَو......!

27 دسمبر، 78ء

# غزل

تہدار رنگہٕ ژھایہِ لیٛوان آفتاب اوس
پریٛتھ اکھ سلیٹ پیش کراں کُن جواب اوس

ارکھولہٕ، سوے تہٕ دترِ زنڈن ہُند گُہل ییٛتھین
پیٛتھی شایہِ گُمہٕ قطرِ پھولاں ہےَ گولاب اوس

منزِل قرار، شام ، زلُر ، زال، زاگ، چھ
جہتس سہٕ وُپھنہٕ برونٹھ کراں انتخاب اوس

یۆتاں سیاہ قلاے کوٚڈُم ءکنہٕ ،پیٛٹھ ہیوٚتُم
توٚتاں تہِ داو میون پٔتُیم کامیاب اوس

از چھُس تہِ آسہٕ تیابہٕ پگہہ ہوٚژ رٹان ژےٚ زَنہہ
آسی نہٕ یاد اَسی جواں، توٚت شباب اوس

سُے پانژٕ وۄت چھُ برونٹھٕ پیٚوان، امتحان ہیٚوان
وَتھ ژارنٕک مےٚ یوٚد ووں موکُل انتخاب اوس

پھِری پھِری وَچھم مےٚ اَچھ تہٕ کوٚرُم یاد، حظ تُلُم
راتُک سہُ خواب میٚوٹھ، پزی میٚوٹھ خواب اوس

لوٚگ پَے، پوٚزُے سہُ دراو، پکان وأتی أسی شہر
شاہرایہِ ستی ستی وسان نیوٚل آب اوس

یَتھ منز نہٕ پوش اکھ تہِ سپُد دامنس نصیب
شوٚقس تیتُھے بہار اکُے دستیاب اوس

19 دسمبر، 78ء

# ژھوٚ رہلَم

قبلہٕ کنٛ ییٛلہِ

آفتابکہِ ووزلہِ خوٗنچ رحمتاہ سپد ییہِ عام

میانہِ اُچھ کریشاں گےٚ

قطرٕ بَس اکھ قطرٕ

یُس چھینٛنین رنٛگن مےٚ معنے بخشہِ ہے

پوٚت گرٛزس منز ہیٚنہٕ آمٕژ باکھ چھم باوتھ منگان

اکھ وُشینٛ سَتھ ہیٚتھ قلم کاغذ کوٚ ڈُم

ژٕریتاں رنٛدُس ہلَم وہراوی تھےٚ

میانہِ اُچھ کریشان گےٚ

باکھ باوَتھ لبنہٕ برونٹھےٚ نی کرٛ گونٛنیٛگلاوی تھےٚ

گرٛیہِ گووسوٚتھ نیٛری تھےٚ

آب لوٚگ واُراں وتَن

# غزل

وسہِ ہے کٔنز زَنہہ یارِ وَنس پیٹھ، سوُرے گرٛزِ ہے نالَو ستۍ
وونی بلایَن کُنہِ تہِ ژھدٕے کانہہ، وَن چھُ گرٛزاں کھنگالَو ستۍ

بال پُٹھِتھ وَٹسیومُت ژھارَکھ ، رٔچھ رٔچھ دامن کٔنڈۍ زالَو
یُس تہِ قدم برداسہٕ نیٚبر پیٚیوو تتَھ چھِ پوٚتُس پتھ آلَو ستۍ

گُمہٕ ہٕتۍ بازٕری،گردِ دٕہس منز پکہٕ وُن باضے پیٚیے ہَم یاد
زُنہٕ گاشس منز نیرِ ہیٚڈر پھٔٹۍ چانیٚو ریٚشمِ ژھالَو ستۍ

میانہِ جوانٕج ریٚہہ ریٚہناوی وأنسن ہندۍ گٔنز رنگہٕ لیٚہلاو
ہتہٕ خاموش ژٕ تَنگہٕ چھُکھ سپدان پانَے کیازِ سوالَو ستۍ

شِنہٕ مأداں للہٕ ناوٕ وَچھس منز ، چشمن منز چھِم ژٔتی صحرا
ہندریمِژ لبہِ وق پأراواں کالہٕ پگہہ اقوالو ستی

کرتجہِ چھوکہٕ ییٚلہِ کریکھاہ دِیہِ ہے، وولسنہٕ ییتھ وِہہا ، نژہا
گوڈٕ وَش کرٕ ہَن شوٗقل نظرَ و، وَلہٕ ہَن ما ییتی زالو ستی

ژھوپہٕ ہنز موج چھےٚ فلوا پھیراں، بالَن تہٕ شُنیالن منز
أخر پھیرِ تہٕ سورٕے سوٚمبرِ نظرِ ہندیٚو کِہو والو ستی

اکہٕ ہَتہِ سونتو ٹھٕہر تہٕ ساتھاہ، متہٕ کرتَم گانگل واپس
وَوٕنچ گَل چھَم ، بُتلہِ دِ گرمی پننیٚو نوژک آلو ستی

ژٕھمبرِ مِلِس منز زأوِج بَنہٕ رِکھ شوٗقن وُچھ مٔنزی سپداں غأب
رَو نہٕ زٕنہے کھوٚت ییٚتہِ. ازتامَتھ،کیاہ پژزلاوِ مثالو ستی

18 نومبر،78ء

# امکان

پاۘوِس پیٚٹھ پوٚ دتھاۘوِتھ

سرٕ گیِہ اکہِ اکہِ ساۘری پاۘوی

ہیوٚ رہیوٚر کھسٕوُن   ژُن کتہِ روزِو

بوٚنی کنٕہ نیرِتھ پاۘوی ژٕلی

پووتٕپُیم ہَٹہٕ موچھِ منزٕ آو

نب بیتاب زٕژَن ہُندا وٚژھ،

زاۘویُل زالیوٚمنزی ژٕلہٕ وُن پرٕوُن زال

وُنلہٕ گٔژَن پتہٕ ژھِپہِ زاگاں برادیومُت اۘس

پٔتھر یک ژُن:   اکھ مشہِ وِنی یاد

شاہ سوزیٚم وُنی ناد   تہٕ تخٕتس پیٹھٕ لرِ پانس بیٚہناویٚم

نٔژی نٔژی واوِ رِنگاہ کِنہٕ ژَ کھِ ۂش

ترِشہِ ۂری دَجہِ ترٕ چھکٔراویٚم

حیٚسہٕ ٹیُی ژھَٹھ   شرٕ پہِ ژٔکی سیکہِ منز

# ووپر

وُڈر پیٹھک نوٗر موٚت وُچھان از وُداسی نظرَو

سیاہ روٚین ہنز سیاہ کاری

چھےٚ لاش ڈولان بے پرٕد، وُنہِ ژۄتس پیٹھے تہٕ ساری نظر دِتھے

گے تہٕ پرٕ ییتھ کانسہِ پان باسیوٚ و، مگر مٹی ہیوٚت نہٕ کانسہِ ازتاں

گُہُل جنگُل روٚٹ گٹو پدیٚن تل، یہِ کینہہ تہِ آسہِ چھُ تی

غنیمت، قدم اکُے آسہِ کانہہ مصیبت...... بےٚ پرٕتھ ژِھین بس

شُمار سپدان۔

دیپون ییتھ جایہِ بور چارُن

تَتین دِنس پھکیٚ تہٕ شاندژھورُس

تہٕ برونٹھ کنہِ اکھ سیاہ سنگلاخ دوٚس چھےٚ سرحد، نہ گوڈ چھُ ییتھ کانہہ،

نہ اند چھُ کُنہِ کنہِ، نہ دار ییتھ کانہہ نہ برَ چھُ کُنہِ کنہِ

ژوپاری پھٕہلتھ

تہٕ پتےٚ وَتو ڈیونٹھ پان وَوٹُمت

سیاہ دوٚسن منز شرٕ پیہِ ساری، سیاہ دوٚس گے سیاہ سپدان

صرف نراکارأچھ چھےٚ زوتان

اَپارِ بوٗزُم چھُ باغ ڈولان سانہِ باپت

یپارِ ییمہِ باغہٕ شیٚہلہِ باپت

پھرِس تلےٕ کنگ رودی زالان

بےٚ معنہِ گتھِ گتھ، مہیب ٹھس ٹھس، تہٕ بریکہٕ ہارنہٕ

رٔلتھ گُنٔے شور آسمانن چھُ بامبراوان، خبرِ نہٕ کیاہ آسہِ

انتہا اَتھ، یہِ شور نینگلاوِ بوٗدنابوٗد، نتہٕ أُخر زوال ما آسہِ

پاٹسے کیٛتھ، تہٕ ترشھ خموشی رٹیٖس پنجن تل۔ گرٛزن

اکے ہاہہٕ ستی یم سائی بال سنگر!

چھےٚ لاش ڈولان، ژلان نہٕ وانژھا ینانشہِ قائیم

وُڈر پیٹھُک نوٗرِ موٚت وُچھاں تہٕ گوتن گرٛھان بس

وُڈِ ر پیٹھُک نوٗرِ موٚت گُنٔے زوٚن

دوپر گُنٔے زوٚن !

25 اپریل، 78ء

# غزل

بێیہِ تہِ کانٛہہ سوز نۆوُے آرٕ کٲتِس ساوُن گۆژھ
میٹھۄن خواب نوٚوے ہوش مُہتھ تھاوُن گۆژھ

ٹۄٹھۄن دود بنیۆو خواب، گرشھاں ٲری طوفان
شورٕ ہۆت آرٕ رُکتھ سۆدرٕ سنٛیر ہاوُن گۆژھ

کژارٕ ہۆت دٕہ وٲلتھ دوٗر تاں برونٹھ تہٕ پَتھ
مشرفُک آب ووٚل اَتھ سوٗرٕ بٕنس تڑاوُن گۆژھ

وَٹہٕ پھۆٹ پوش ژھٕنڈان لوسہٕ تہٕ پھولنم سوسن
پرارٕ ۄن پرارِ مےٚ ہیٚو بیاکھ قدم تراوُن گۆژھ

سڑکہِ منز باگ رٔہتھ، بہ یکہٕ تہٕ ہارٕنہٕ ہرسو
تأجلی کامہِ گرٛھُن یاد أمِس پاوُن گوٚژھ

لفظ فرسوٗدٕ، گنڈِتھ معنہِ ، تہٕ نوٚو کیاہ باوٕو
تازٕ اظہار موٗکُل لفظہٕ وَرٕے پراوُن گوٚژھ

قأفیا شوقہٕ رٹُن گوٚژھ تہٕ ٹلُنٕے گرٛھی پردٕے
پوشہِ ٹُل پان تسُند شعر گنڈِتھ باوُن گوٚژھ

14 جُلے، 78ء

# آزآدی

وَنے بہ کیا زِ پدیٚن تَل سنان اوس نہٕ کینٛہہ

تہٕ تھپھ گُنی تہٕ اَس نہٕ سأنی

زِہیوٚر کھُسُن  ووں اوس محال

یہ، مون اَس  ووپھر میٔژ، تہٕ اَس پادَن تَل

تہٕ لووگاسہٕ زنڈے اوس، اوس زالیٚن منز

زِسس اندرسہ رُنگَن ہُند عجب طلسماتاہ

تہٕ وُچھنہٕ اوس کڈان انگہٕ انگہٕ آلُژھ کاڈ

سرٕ نیٚر بےٚ وونت  وُچھتھ

کھورٹینٛڈیٚن ووتھان دَگ ہِش

تہٕ أسی زٕ أسی رٕلِتھ

ژٕندرِبون تہٕ واٗلِتھ کھور

تُمِس تہٕ کاف کھٕسِتھ ٹاٗری أسی گوبان

تُمِس تہٕ میأنی پاٗٹھی ئلی برینٛز کھنڈ

بےٚ زُوتماہ      زِوا پسے کھسہٕ ہَو

سہٕ کأف آوِ لنٛیک اوس سارِنٕے تمہن

نیلہٕ پَل بٔنِتھ بوڑٕ وان

الوند پان ژھٔنِتھ أسی زٕ روٗدی

بون کُنُے مُدَے گٔنڈتھ

بےٚ وونت، گوٚٹ، پُراسرار، بے مثال سرٕ ژیر

بیٚیہِ تہٕ بیٚیہِ سال کران

تہٕ ہکہٕ گاسہٕ زنڈٕے موٗلہٕ نیرِتھ آو

تہٕ میٔژ ووپھرِ تہِ پدٛین تل ڈیٚلییہ، ژٔج نیرتھ

کِہنی نہٕ یاد...... فقط

شِہلی شُبأنی مٔدری، أژھی تہٕ کتی زأوِلی رنگ

خموش پأٹھی ژٔ کِس کُن بےٚ شونک سون وساو

رُمس رُمس وُزان زنتہٕ أسی کوثر ناگ

وزان دوٗر کتیٚن تام اوس سورنیہِ سوز

یہِ سوز اوس شُنِس تندلہِ تندلہِ زالان ژأنگی

خموش پأٹھی ژٔ کِس کُن بےٚ شونک سون وساو

14 جون، 78ء

# پارکہِ منز

تاپہٕ مۄتۍ جاناورژٕلی

اکہِ اکہِ سأری بالہٕ اپور

پوش......منگتہٕ شُرۍ ین ژٕ ج موجی یۄتھ

ریٖتہٕ کالُک سوُرے مَد

بیاٗلی پھلیٖن منز سۄمتھ خواب وُچھان

نوحہ موکلاوِتھ ییٚلہِ ننگہٕ کُلی ڈیٖلس پیٹھ

ہرِ درا ٔ چِھس تو نتھ رٕہِتھ گے

سازژھیوٚن تہٕ مےٚ مُژراوِ اُچھ

نیٖلس نبس پیٹھ اوس وۄنکھُت گرٕد

نٔژی نٔژی وٕسنکی سنز کران

لرِ پھیوُرس

زرد پنہٕ وٕتھرِ کس نیٖلگون ءخمس تل

اوس ہانہٕ ڈون

سرٚ یہہ دار میٚزِ پیٹھ گو بان

23 ستمبر، 77ء

# رٕپہٕ پھیُر

مازبۆ ناہ اکھ

کلہٕ نلہٕ سوُرے تان کۆنُے

گریشمہٕ ژٕنڈتہٕ

ترِژ تِلہٕ سٕڑکہِ گگھران شانہٕ نَنے

ژمہِ پیٚٹھ ہۆکھمُت نۆن تہٕ مَل

وَتہِ پکوٕنی اکھ وردی واجینٛز

ییٚلہِ جُژ سینس پیٚٹھ چھَنہٕ ٹۆرِس پیٚٹھ

بُتھِ ووشلییہِ

واپس آو

أچھَن منزاوُسس

اۆردۆر کھمہٕ ڈُن مرد

مرٕد!

19، ستمبر، 77ء

# غزل

نہ ژیٔے خبر تہٕ نہ میٔے کیاہ پڑژھکھ تہٕ کیاہ باوَے

دلیلہِ اوس یوٚہے انْد، تہٕ نوٚو بہٕ کیاہ ہاوَے

نوٗیک امار، سہُ تعمیر تانہٕ تانہٕ گٲرِتھ

نہ روٗدی تان نہ چھانٕے کمِس ژیٔتس پاوَے

دمی ژٕہان وُشُن تاپھ أسی زٕ بالس پیٔٹھ

دمی یہِ بال ہوٚنڈُر اسہِ ٹھوٚر بہٕ ہو راوَے

یہِ بوٗھچہِ، کرٛنز، تہٕ یہِ کھور بانہٕ، وَتھ ژلان پانس

مےٚ ژھارِ ناو پگہہ کانہہ، ژےٚ ناو کیاہ تھاوَے

وُہان چھُ واأل بہٕ چھُس بس ژِہیٚن شُمار کران

بہٕ نارٕ دژاو چھُسَے وُنی شکل بدل پراوَے

لماں چھُ سرِ یہِ کھنس گُن، لٔیوان چھُ تاپھ لبن

کوٚتام دارِ پیٹھٕے بولہٕ وُن قمیُر تھاوَے

لٔدِتھ یہِ بور نکھن کر مہ ییٚتی زیادٕ ستم

یَژھے ژلُن تہٕ وُنی بور برونٹھٕ کنٕی ترٛاوَے

# وآری

سہ ُ

تیمی ؤسندِ بَیہِ...... رأتی راتس

شہرٕکیٔن سارنٕے کوچن تہٕ پرانیٔن پُرنیٔن پیٹھ

أنتھ روٗسی ہوٗنی وُ نگان چھِ

لوٗکھ وُشنیٔن آلیٔن منز شرٛ پِتھ

وٕنکھتی خواب وُچھان چھِ

لبن، دانہِ بچھن تہٕ گنجینن ہنزٕ سارییٚ وٕٹلہٕ

خاموش زوٗنہِ تہٕ تارگن گُن

فریاد کران چھِ

سہ ُ، آ، سُے

نصف رأژ

میأنس وَچھس منز أرگرِتھ

10 اپرِل، 77ء

# تس کُن وُچھان

تس کُن وُچھان

یَس نہٕ گرِ گٔھنۍ چھُ ،......تہٕ

وۄپرَن اتھِ چھےٚ أزی کَس واپھس منز ڈیٖمبس وَوٕناوان

تہٕ ڈیمچ ہِل کھیٚتھ چھےٚ دیٚنٛ گُذٲری کران

باسیوم نارٕ الاوٕ منزٕ چھُس درامُت وُنۍ

صُبحچہٕ پٔتۍ مہِ پیارِ پھوٚلمُت گِلہِ ٹوٗر

تہٕ میانہِ چھُہِ میلہِ ساس دادیٚنٛ شفا

تہٕ وۄنۍ ییٚلہِ بوٚنۍ کوچس منز

ہِکچہِ گِندی گِندی جلوٚسہٕ پوٚک

باسان چھُم اندی پٔکھی نارٕ الاوس منز

دوٗدٕ ہیٚڈرن ہنزٕ کنہِ گُملاوٕ نہِ چکہٕ

تہٕ ڈولن ہُندوحشی شور

میأنس رُحس سٔنۍ سٔنۍ تراوتھ بخشان

1اپرِل، 77ء

# غزل

وۄپرأزی ہندی تِم شِنیالے، جنگل تہٕ بیابان ترأوِی ژٕٹِتھ

پَتھ ژھوپہِ ہُند زأوێل پرٕد صرف دۄن دُنیاہن اسہِ دوٗر تھٲوِتھ

ہُمہِ بٔڈِ روزُم ژٕتہِ گَن دأرِتھ، یێمہِ بٔڈِ روزَے شہنامہٕ پران

بوزَکھ نَے کێنہہ چھُنہٕ کٲنسی راہ، سہلاب کدل گومُت نہوِتھ

دۄہدِش دَہہِ ژورِ چھُ منز بازر ہکہٕ دریاوس بگھ آب سمان

دۄہدِش پرٛ ژھمس کیا سأ وارَے، دۄہدِش پرٛ ژھنم تِی برونٹھ پکِتھ

کتِھ میانہِ چھُ کیاہتاں تأثیرٕ ے، چشمن وُچھمَے موسم بدلان

گوو واپھ تہٕ سبزارس لٔج گرٛکھ، برجستہٕ پھٕلَے، ہێلی آیہِ برِتھ

دسیاب چھُسَو وَتہِ وَتہِ پکوٗن، دسیاب چھُسَو اکھ ووٹر چٹ

نایاب چھُسَو گَنہِ آرس منز وَٹسیومُت کنہِ پھۄل شاپھ لگِتھ

وُنبس منز چھُنہٕ کانہہ کٲنسی و یۄد، پریٛتھ کٲنسہِ ہٕٹس تل روٗٹِتھ چکِھ

بس شوٗق چھُ کستاں لۄب گُن ہیُو کێنہتام دپاں کێنہتام پرِ ژھتھ

4 مارچ، 77ء

# غزل

سِتم ہُران چھِ ہُرِن، ییٚہِ ہنا قرار کرَکھ
وۅں گٔژ ڈُہے چھِ، گژنہٕ رراوِ، گتھ شُمار کرَکھ

ژٕ وٕنی دِوان تییٚمِس، گوٚو وٕٹس سہٕ شاپھ لٔگتھ
وۅں کم سأے بال پٹگھ ،کس سہٕ انتظار کرَکھ

سیٹھاہ بہانہٕ کٔرِتھ جِن کریوکھ بوتل بند
سہٕ قطرٕ قطرٕ وچھَن شرٛ وٚپ تہٕ کس سہٕ لار کرَکھ

سو لاش یوس ژٕ ے لٔبتھ تتھ نسأ چھُ وأرِث کانہہ
ژٕ خانہٕ خانہٕ نژکھ لاشہِ کار بار کرَکھ

چھِ چانہِ شہرٕ کراں گشت ہِری یہِ کوچن منز
تیٲری یُتھنہٕ سیاہ میون اشتہار کرَکھ

شٕہج مزٲری خموشی اگر ژٕے ٹاٹھ گٔیی
حوالہٕ کس سہ دزاں شورٕ ہۆت شہار کرَکھ

سہُ گاشہِ ٹیۆک چھُ گٹن منز سفر چھُ سون نیٚبر
گٹن اندر ژٕ کتیٚن ژھایہِ ہُند شِکار کرکھ

ہۆندُر وُجارٕ شِشُر چھُم وچھس اندر قائیم
وُشُن بہار ژٕ شوقس تہِ واگُذار کرَکھ

25 ستمبر،76ء

# غزل

(امین کامِل نِہ طرحہٕ)

مےٚ تارِ تار تہٕ واوو، مہ وعدٕ ڈَل واوو
تُلتھ یہِ بار پھیکٕین، پھیکٕی دٕنِتھ مہ ژَل واوو

یہِ کیا پوٚ کُکھ نہ تھوٚوُتھ بُتھ نہ کانہہ نقاب بُتھٕین
زُویےٚ یہِ ذاتھ، کوٚتامَتھ ووٚل بے شکل واوو

پھرِ گن چھُ تاپہٕ وُڈٕر تاوٕ لوٕہتٕین ہرنن
کھوٚتی تھٕوِتھ نہٕ مُتھِتھ کم گٕہلی جنگل واوو

سرٕ ییٚہےٕ ژٕہُتھ تہٕ ئلی کوم گٕرِتھ چھِ نیلہٕ پلن
ریٚہےٕ وُزان نہ أندٕری، ئلی أچھَن وُنَل واوو

گرد أنِتھ تہٕ تھٲوِتھ کیا الأنز یَتھ شہرس
وٕل شَہہ ہیٚنِس تہِ پرٛشَ کھنا ، ہنا ژٕ ڈَل واوو

تھٲوِتھ نہٕ کأنسہِ تیٚنٛج کانہہ ستھاہ برٛ انتھاہ کانہہ
گٔہندِ فراقہٕ دزاں ٲلہ چھےٚ آرٕوَل واوو

نہ ہیوٚر نہ بون نہ تھوٚوُتھ سوٚن وٕگُن سلامت کانہہ
گٔرِتھ یہِ کیازِ سُہے سوٚم، سٲتر بُتَل واوو

نٛیبر کٔڈِتھ تہٕ ژےٚ ہأوِتھ کشادگی دشٕتھ
بِہان آفیتس أسی لونچہِ تَل واوو

گِندان شوقہٕ ژٕ اوسُکھ مےٚ گاسہٕ کرٛٹ زأنِتھ
بیٚہی سہُ شوق، گِندگھکس، زمینہٕ تَل واوو

29 اکتوبر، 1976ء

# کٔل

نأرَن اندر طوفان پڑ تھان

جَتھ أدریمڑ، کڑھ شہلنٔ ہُتی

ریشمی بدنن ہُند مڑھ برزرمُشرِتھ باقی

یَم کھانکھری ترٔ نزی

بێیہِ نارٕ الاوس تلہٕ کنہِ بَس سنگلاخ شِشُر

چھے میون مرُن، وَن کیازِ تِتھے ہِش چھکھ، پگھ ترٔ اوتہٕ

بأتس سَن

وُچھ بأتھ ونان چھے خوش روزُن

اسہِ پزِ بێیتہِ یوروول خوش روزُن

ہٕلی پرٕی تُلِتھ سیٔز رِکھ مأنڈِتھ چھَمب چھار لگان

یکبار توٚ مبگھ نارێن ووتھ گرٔز

پوٚس کھوٚت۔ پزاژَن

''وارے چھکھے وارے، اہَن بی وارے!''

خوشحٲلی ہُند چھُو راز کُنُے : بس ایک یا دو

کرٕہ کانٛین کنسہٕ زاگہِ بہِتھ

کمپاونڈرَن چیٚو سگریٹ تہٕ لاٸ رَگن ربر گلاوز

اد جشنہٕ سپُد ، دفتر گیہِ بند ، از قومی دوہ

تقریر سپدی : آزاد چھِ أسی ، آباد چھِ أسی

دوکھ ہٕتی ، بو چھِ ہٕتی ، دگ داٗ دی دوہے آمتی ویٚتران

پیٚتھ نے پیٚو اش پھیٚرتی نے کھٕرِ کنڈی چھاٗرِتہٕ سوے

پرٛیتھ پیرس تلہٕ کنہِ انہرارے

ہر سو بے معنی انہرارے

پرٛیتھ لفظس أندریم أتھرِ کھیٚو مُت

کلہٕ کھو پرٛین ہندی ہوٗکھی دَند چھکرِتھ

یمِ غم ساٗری ہنگامہٕ ٹلان

ژٕ تحِک ہیروا کہِ اکہِ ساٗری اپسپاسپدیٚے

ہَتہٕ پھِرِ اکھ اکھ

پرٛیتھ گاشہِ ٹیٚکِس منز بند آواز
آواز سو یوسہٕ پٔوت زوٚنہِ وٕتھِتھ وُزناوِ مٔتِس

منزِل : ییٚتہِ نَتھ انہِ گٔڈ سٔمی سٔمی و یٛگلان گاشچہٕ لیہِ نِش
کرٛینہنیارتہِ ییٚتہِ نَتھ گاہ ترٛاوان
شیٚچھ وٲژتہٕ گرٛنز روٚسی پاد ووتھان
گرٛنز روٚسی دِل یِکوٹہٕ وٕتھی وٕتھی گٔے

تیٚلہِ اندرٕ شِشُر اوس دَنٛد ہاوان
ووٚنی برداسس پیٛٹھ ہِری یہِ چھُ واراہ بون و وتھمُت
منزٕلچہِ گٔج منز اطرافٕ مٔش
ہٲلی پادتہٕ مَس والُک کانُل
بروٚنہہ پٔکی بُتھِ پیٚیہ ژَکہِ روٚستُے چھَہ
پَتھ پھیری تہٕ رِکنہِ لَموٗ پیٚٹھی وَتھ
سَتھ سوریٚے گَتھ اسہِ ترٛٲو تہٕ شوٚنگی
گٔہلِس پُراسرارٕ وَنس آخر برادیہِ گوٚٹِل

إِ دتا پھ تَتیوٚ و

لوِٕ ہڑِ منہِٕ مَرِ زیٛو درایہِ پھٹٔتھ

پیٚیہِ آلی ؤَستھ

پَلہِٕ ترٛ ویہِ تَل مَدِٕ مَرِٕ گاڈِ لئِٕدر یَڈ گۓ ہیوٚ رگُن

مٔنزِل مٔنزِل !!

1 ستمبر،76ء

# ہاوَسٕ

تکِیس پیٹھ چھُم بولان بُلبُل

برداسس پیٹھ نژٕوُن مور

لبہِ پیٹھ نیٖتھٕ نٔنۍ اسونی ہیما

بُتھِ سیۆد پننٕے فوٹوٗ کھور

کُٹھ پأراأوِتھ، ہاوُن لایق

گۆژھ نہٕ مگر یُن کانہہ از یور!

12 اگست،76ء

# هاوَس

شۆبہٕ وٕنۍ ترتیب

ہیرٕ بون شیٖر تھٕ تہٕ پرٕ تھ

لۆبہٕ وٕنۍ

اتھٕ چھِم وٕتھۍ وٕتھۍ گرٕشھان

دۆ ٕہرا وَن!

پُرٕشنا وَن!

ٲلۍ

بےٚ مطلب

7 ے،76ء

# سیاہ سفر

ٲخرس چیٚوسہٕ دامہٕ سگریٹن

ٲخرس شۆنگسہٕ زیٚوٹھ ووٗش ترٛ آوِتھ

(ٲس ہانکل الان دروازس)

تہٕ ......بہٕ پانس

پیوٚس کلہٕ وٲے......بس پیٛوان روٗدُس

پیوٚس تہٕ پیوٚس...... بس پیٛوان روٗدُس

انہِ گٹُس بےٚ وونت چاہس منز

ٲس ہانکل الان دروازس

21 اپرِل، 76ء

# بال تہٕ جنگل

کھماں چھہٕ سہہ، گڑ زان اہرٕ بَل چھہٕ جنگلس منز

وُ زِنی نہ زانہہ تہٕ ژھوکان

گُہُل چھُ یارِ شُہُل...... ہماں نہٕ تیہہ چھےٚ رگن

یوٚہے جنگل بوٚ رُت گوٚن لماں لماں ہیوٚ رگُن

یہَے شےَ ہیٚتھ...... زِ ننگہٕ بالہٕ تھوٚنگس

کرِیس یہِ تھَل، پھِرِیس ننگہٕ تالہِ شادأبی

قدم نہٕ اکھ تہٕ پکاں برونٹھ جنگلس منز

تھکِتھ پیٚوان پادرٕ سہہ

چھنان یارِ گہُل، رگن تہٕ خاک بنان

تہٕ گٹھ گڑھان اہرٕ بلن

بوٚ رُت جنگل تتھَے پأٹھی سوٚرے شےَ ہیٚتھ

لماں لماں ہیوٚ رگُن

1 مارچ، 76ء

# وآل وُہان

تیزاب، تِلہٕ پیٚتی تیل، ننہٕ وونی، گمہٕ
بیٚیہٕ کائتھن گوٚ دوٚدَن ہُند رَس
رگن منز موٚٹ تہٕ سیاہ مُربہٕ
شہید مزارٕ جایہِ پیٹھ ہَر،
واپھ برجستہٕ مگر کھہہ...... سرٛنی تالاب
پارسائری پشِلی تہٕ کھسہٕ وُن بال
شید مزارک برٛمجہِ شُہل چھاوُن ییٚرٛھی تن!
"خیال، حرگز روٗس...... حرکت، تھُر یہِ روٗس
تھُرے، صوٗرٕ ژ روٗس...... صوٗرت رٕ ژھرنہٕ روٗس"
شہید مزارٕ تھوَ وکونہٕ اَسی ژگل ژگل مینتھ

# نادلایٔ

یاد بیٚیہٕ از پیوم سُے تھوٚ کمُت دُہُل

لۄس کرتاں یُس أکِس ڈیٛمبس اندر

ژَکھِ ہتیٛوتہٕ تھکیٛ متیٛولوگو چھِ چھکیٛ متیٛ یَتھ اندر

بوتلہٕ سگریٹہٕ بِٹ، بیٚیہٕ پانہٕ کوٚش

ازمےٚ سُے تھوٚ کمُت تہٕ گُمہٕ ہوٚت ہیُو دُہُل اکھ یاد پیوٚو

یَتھ خبر چھا آسہِ ما

تیٛتھی ڈیٛمبس منز

کیٖمیأیی عملہِ ستیٛ

کوٚٹ تہِ درامُت!

آسہِ ما سہٕ از شُہُل چھجدارگُل

1فروری،76ء

# غزل

تاپلیو، یوٚ د مےٚ ژے ژہان روز کھ

ژھالیلیو، اَخرس ژھوٚرُے نیر کھ

پکھ کھساں گژھ لماں کھماں بالس

ہیرِ کنی ہیکھ کمل تہٕ لَر تراوَ کھ

یہنزِ کتھِ ہُند بہٕ پانہٕ قائیل چھُس

ٹاٹھی تِم انقلابی بےٕ مارَ کھ

مول تہٕ موج جَد چھِ خوٗنس منز

روزِ کوٚت تاں دِوان بارَس نکھ

تاپھ کوٚت تاں کھٹِتھ تھوی ژھایُت

ژھاے چھکھ ژھایلیٖن اندر راوَ کھ

بیٚیہِ تہٕ کُنہِ ساعتہٕ کورِ کاغذ سُے

پانہٕ یتھ دستخطس مےٚ نِش تراوَ کھ!

وَتہٕ اورَ ے یوان پراٹان لَب

شوقہٕ کوٚت تاں ژِ تارِی دِتھ تھاوَ کھ!

20 جنوری، 76ء

# اَلمُک زوال

منزِلس پیٹھ آس ٹھاسنہٕ دورِ یتھ

ۆپر یَلہٕ گی...... گُنہِ کانہہ زا گے نہ از

پرِدٕ ژٕڈ ژٕڈ راز سأری بروٚنٹھٕ کنہٕ

ژھا پنہ نظرَن، دِل ہِتھ...... اکھ نیلہٕ پَل

پان از گٔنڈی زالہٕ موکلاوِتھ وُچھم

بال پھوٚٹ پانَے ته نیٚتھٕ نوٚن راز گوو!

اتھٕ نیٚتہٕ سوتھ، پانژ وَے رِحس مأنترٲوِتھ

'الف' وُ زِ، کتھٕ 'ب' دِیہِ ہَس دام اکھ؟

گوٚپھِ منزٕ یُتھ ہرِ یہِ اکہٕ ہوٚت نیرِ ہے زامن کران

شأعری سأرٕ ے اپزٕ، شأعر اپزٕی

مَس چھُ مَس...... وُٹھ چھِ وُٹھ...... نَس چھےٚ نَس......

اٚچھ چھےٚ اٚچھ

سرُ پھ سرپھٕے...... پوٚش پوٚشی...... شرٛ اکھ شرٛ اکھٕے...... سر

چھُ سَر

وونی بہٕ الیمہٕ کیٛن تمن ورقن ہُندٕ سونکتھ گرتھ

سریہِ وُزناوُن چھُانہِ گچہِ گو پھِ منز

ووتھ، ژٕ ووتھ ہیکہٕ کھٔسے گرِتھ، اِدٕ ووتھ ژٕ گر

ترٛ اوتن تہٕ

بَن ژٕ میانِس البمس پیٹھ

لوٗبہٕ وُن تصویر اکھ !

ستمبر 74.

# غزل

ولتہٕ بہٕ توٚرۍ چھُس یتھین اکھ قدم تہٕ تراوٕ نَے
نوٚو سفر شروع کوٚرُم، پژون اکھ چھُ پڑاوٕ نَے

شامہٕ تاپہٕ ٹیٚکی اَژِتھ پھیش دیٚت کلنڈرس
ژوٚرِ دوہ اَزیک تہِ ژٕول، بتھ پئِنن مےٚ ہاوٕ نَے

سائنٚ وَتھ چھےٚ بُف تہٕ طاق، سائنٚ وَتھ چھےٚ نستہِ سیوٚد
کانہہ خیال فلسفاہ روٚد نہٕ آزماوٕ نَے

یاد اکھ شۂج دِہلہِ تھوٚد ہیٚوان دوہِ تھٕنَے
اکھ ژیٛہا صبر کرِن، نارٕ بزٕ یہہ چھےٚ ساوٕ نَے

دوٚرِ یتھ خیال گےٚ برنہٕ میانہِ کنٛی پکان
ژوٚرِ نتھ لفظ ژلان، کانہہ خبر تھاوٕ نَے

بالہِ تالہِ ہنز خبر اَس تس اَنٛی گیوٚد
تس تہِ تٔی قرار آو کانہہ شۂچھاہ باوٕ نَے

# یناشہِ

چھِ بال، بُٹھۍ، بیرٕ، ٹھوری میٖژِ ہندۍ

ژوپأری پھٲلِتھ

مُسٕٹ مُسٕٹ میٖژ، شٕہج شٕہج میٖژ

ژٕرنۍ ژٕرنۍ نیلی آرٕ پٔل — مےٚ نادلایان

بہٕ آس لاران...... — رٕٹِن مےٚ سأمن

سیٖٹھاہ سمَے گووزِ پیٚتھۍ بےٚ احساس أندۍ پٔکھِس منز

خبرٕ سپٕز کیازِ بارٕ سأزِش

کٔنِس مےٚ تھٔچھ لٔج، نیٖبرٕ بہٕ کوٚڈہس

یُتھُے مےٚ أچھ مُژرِتام ڈیوٚنٹھُم

مےٚ بروٚنٹھٕ کنۍ اوس أنہٕ نأنیان

تہٕ تٔتھ اندر اوس ژونگ شولان

مےٚ ہکہٕ دَو تُج، ہتہٕ أنہٕ دوٗر یوٚو

سہُ أنہٕ بروٚنہہ بڑ وٕنہہ، بہٕ پتہٕ تٔتھ پتھ

بہٕ یۆت لاران، سہٕ ژُ تیۆت دۆران

حواس دوہِد شؠ مےٚ رنزٕناۍوِم

سرَ پھ رٕچھِم پانہٕ ہےٚ کَتھٕ رٕ تہٕ بُچھہَم

وُٹھان رۆدُس سیکہِ لوَر

یہپأرۍ لاریوس تیپأرۍ ڈیٖنٹھِم مےٚ تأرۍ برٕنیٖن

مےٚ بَر یَلَے تھۆو تہٕ لبہٕ پرٲٹتھ

بہٕ دڑاس یاژاس وا پسےٚ منٛزۍ

اگر نہٕ زانہہ کانہہ تہِ دَب تہٕ کھۆند کھیوٚ و

تھِوم پانَے وَتَن اندروالہٕ واش لٲ گتھ

مےٚ پانہٕ لُمۍ لُمۍ لرِ کَڈۍ مِتۍ تھمبہٕ چھِ سأرۍ

تہٕ کاٮٕنلیٖن پانہٕ ٹھُٹھۍ الرٲوۍ مِتۍ، پکُن چھُم

یناشہِ باقی!

20 جون، [illegible]

